○ کتابہِ ہُند ناو ________ کُلیاتِ سوچھ کرال

○ ترتیب کار ________ ڈاکٹر محفوظ جان

○ وُری ________ ۲۰۰۳ء

○ مول ________ RS. 450

○ تعداد ________ ۵۰۰

○ کتابت ________ معراج تُرکوی

○ چھاپہ خانہ ________ :امیکاف پرنٹرس



کتاب میلنگ پتاہ

۱. کشمیری ڈپارٹمنٹ یونیورسٹی آف کشمیر

۲. کتاب گھر لالچوک سرینگر

# ترتیب

## شاعری:-

# اِنتساب

نینس بابہ صاَب مرحوم غلام محمدؐ شاہ صاَبنہٕ
ناوِیُس میانہٕ عقیدتُک اَگرچھُ پتہٕ ییٚمہٕ
کتاب لیکھنہٕ کِس کماَس واتناوتس۔

محفوظ



# گوڈکتھ

شاعرِ یہ کینژ شھاہ سران سونچان تہٕ محسوس کران چھُ، تتھ چھُ سُہ لفظن ہُند جامہٕ وَلان۔ شاعری چھےٚ زندگی ہندِس پژھ چیزس پانس منز جاے دِوان۔ زندگی ہُند کُلہم بوہ لنگر، نشیب و فراز، سیاسی، سماجی، لِسانی، اقتصادی، قومی، جمالیاتی، وطنی یا صوفیانہٕ نظام آسہٕ تَن یا تسند اَندریُم بَتھ گُدُرن غرض زندگی ہندِس پژھ زنگس چھےٚ شاعری رنگان۔ ملٹن، ٹیگور، شیکسپیر، مولانا رومیؒ، مولانا جامیؒ، فردوسی، غالبَ، میر تقی میرَ یا علامہ اقبال بیتر کاہہ تہٕ تخلیق کار آسہٕ تَن سُہ چھُ پننین صلاحیژن ہُند برپوٗر اظہار پننین تخلیقن منز کران۔ یوٗتام زن کاشر شاعری ہُند تعلق چھُ اَتھ منز۔ چھِ کشیر ہندِ بن تمن سارِنے فلسفن ہنز۔ ژھاے گژاے لبَہ یوان یِم پتھ کالہٕ پیٹھے کشیر منز پھانپھلیہٕ یا پزٕنیتھیہٕ۔ ریشُت، بُدھ مت، شومت تہٕ اسلامی

تصوّف بیتر فلسفَن تہٕ مذہبَن ہُند گربز چھُ اَسہٕ کێن گرٛھان۔ کاشُر صوٗفی شاعری یوٚدوَے للہ دیدِ تہٕ شیخ العالمؒ گوڈ چھ بران تہٕ مگر یمن پَتہٕ چھُ صوٗفی شاعرن ہُند اَتھ ہِین کاروان اَتھ پَتہٕ پَتہٕ مقدوٗر بول بران۔ اَتھ کاروانس منز چھُ کشیٖرِ ہُند ناموٗر صوٗفی شاعر سوچھ کرال تہٕ شامِل۔ ارداہمہِ صدی منز ییٚلہِ کشیٖرِ منز سیاسی اعتبارٕ اکہ طرفہٕ ظلم و جبرُک انتہا اوس تَتہِ روٗد صوٗفی شاعرن ہُند اکھ توٚو کاروان پننس تہذیبی میراثس اکھ قابلِ قدر اضافہ کران۔ سوچھ کرال چھُ عرفانی تجربن زیوٚ دِتھ نہ صرف روٗحانی فضا معطرے یوت کران بلکہ کاشُر صوٗفی شاعری ہُند دامانہٕ وسیع کرِتھ کلِہم کاشرِس ادبس برٛزر کران۔ یِہُند کم کاسہٕ کلامہٕ یوٚدوے گوڈے عوامس منز مشہوٗر چھُ مگر یِہُند اکثر کلامہٕ اوس وُنیکتام راوِس تَل۔ یوٚدوے یِہُند کلامہٕ ژھارنس منز مےٚ مشکلات درپیش آیہٕ مگر خدائس کُن شُکر کاٗفی محنت کرِتھ پَتہٕ کٔرٕ مےٚ یہِ کلیات مکمل۔ پننیو اہم مصروٗفیاتو باوجوٗد لیوٚکھ یِمہٕ کتابہٕ ہُند ناؔمہٕ "سوچھ کرالن بارنگ ووٚنیٚ" عنوانس تحت جناب محمّد یوسف ٹینگ صاٲبن تہٕ مےٚ روٗدی وِزہٕ وِزہٕ یہِ کلیات مکمل کرِنچ ووگراے کران۔ یِہُند

شُکریہ کرُن چھُ میون گوٚڈنیُک قرض بُنان۔ سوٚچھ کراں صاأبن ہام جمع کرنس منز ییمہِ مختبہٕ سان عبدالغنی کُمار (واتپورہ) صاأبن مےٚ مدد کوٚرمُت چھُ قابلِ تحسین۔ بہٕ چھُس یمہِ وَرٕ تھٕ وانٛکہِ شُکریہ ادا کران۔ بہٕ چھُس معراج تُرکوی صاأبن تہٕ شُکریہ کران یمو ژھنہِ ساریے مصروفیاتہٕ اوکطرف ترأوتھ یہ کتاب لیکھنس گوٚڈانوأری دِژ۔ اَمہِ علاوٕ چھُس بہٕ پننس شفیق ووستاد ڈاکٹر شاد رمضان صاأبن سوٚدلہٕ شُکرگُذار یِم مےٚ پرٛتھ ساتہٕ پرٛتی مشوٗرہٕ دِوان رُودی۔

ڈاکٹر محفوظ جان
پی، جی، ڈپارٹمنٹ آف کشمیری
یونیورسٹی آف کشمیر

# سوچھ کرٛالَن بارنگ ووٚنیے

ازکل چھُ اُلف لاَلہٕ ہُند شہر زیدہٕ امریکہٕ کس دیوِ سفید سٕندِ بن تیہ۔
تہٕ خونخوار پنجن تَل چھو چھِ کُتر کران۔ باغِ دادس منز۔ چھُ بد اُدک تہٕ فریادٕک
ہُے۔ تاریخک سارِوے کھوتہٕ زوردار مُلک چھُ تہذیب چہ موکھ دَجہِ
ہنز ڈاےگرِہ تھوٚد تُلتھ سامراجہٕ خوفناک مُتھاڑٕ ہوان۔ زن تہٕ چھ توٚ
ساسلیٛوک کنگ سٕندِ راونہٕ خاطرٕ پتمہِ ساسلیکی ترٕ سارِوے کھوتہٕ
بٔڑی مارواٮ۪ل۔ چنگیز خان، بوناپارٹ تہٕ ہٹلر۔ آرو بار وکرتھ آمتی تہٕ
امریکی صدر جارج بُشس پرٕ بکرٕ ژامتی۔ انکل سامن چھُ انسانٕی کھاسن
منز تسندِ رتک شراب برٕتھ بدمستی ہُند موٚل ہانگے تُلمُت۔ انسانٕی
تہذیب کِس آدنٕکہِ آگرس منز چھِ ٹانڈٕ وٕزٕ ژھمٕت۔ انکل سام چھُ سرو ناش
تہٕ ڈُبہٕ ڈاس کرنہٕ خاطر پھربکان۔ تسندِ دیوٕ سار چھُ انسانٕی ژٕمہِ ہنز تنٕ

قناتھ ژٔٹھ وحشی دٔرندن ہتدی پاٹھی برٛتھ تُلان تہٕ کم۔ ورن ترٕٹہٕ برٕبرن کران۔ وُچھتو بہٕ کوٚت ووتُس۔ اَندرٕ اَندری ژٔندرٕ گوم۔ ژکہٕ اوسُم نمتُت یہٕ وَنُن زٕ الف لیلایہٕ تہٕ چھُ نظر بازو صوٗفی ریوایتُک اکھ یارون وو۔ مشہوٗر تصوٗف شناس رابرٹ گریوز[5] چھُ لیکھان زِ الف لیلیٰ ترکیب چھےٚ خود بذاتھ اکھ صوٗفی منترَ۔ (code) تہٕ اَمِچ مُرتٕجِ قصہ خوانی چھےٚ صوٗفی تجربٕن ہنز ڈاکیومنٹری ہِش۔ بہرحال اگر مےٚ مسکینَس زاتہٕ کاٚلی پرٛژھن زِ چھا تہٕ اُلف لالہٕ ہندسارٕوے کھوتہٕ شہُل تہٕ شوٗبہٕ وُن منظر کُس چھُ، مےٚ ییہِ یکدم للہٕ ہندِ یہِ واکھ زیوٚ پیٚتس پیٹھ۔

پوٚت زوٗنہٕ وٕتھتھ موٚت بولہٕ نووُم
دگ للہٕ ناٚوم تُسترِ پرٛیے!
ٹُلِ ٹُلِ کران لالہٕ وُزہٕ نووُم
تَس سٕتی میلتھ شروژیوم دٕیے
تہٕ ماٚنی توٚ اتھ سٕتی یہٕ بندہٕ جٕ
سوٚ درس منز باگ چھےٚ زوٗنہٕ ڈبا
تتھ منز بسِتھ چھےٚ پانےٚ

## نہ تتہٕ ییٚہہ تے نہ تتہٕ شَبا
## ہَبا! یہٕ چھےٚ گُمانے

یہٕ چھُ سوچھ کرالُن للہٕ یِتہٕ پانٕس ہَتہٕ وُہری۔ دوٚشوَے زَن چھِ اکہٕ مُسلسل خابکہِ زٕ منتظر۔ خواب چھِ عظیم نفس شناس کارل یُنگ سُند کَتھِ سارِوے کھوتہٕ زبر تُحفہٕ۔ یُس انسانہٕ سُندِس لاشعوٗر سمندرس منز گُپھتہٕ دیٚتِھ آدِکال آدم ذاتس اَرِین کرِتھ ہیکہِ۔ صوٗفی سُند تجرُبہٕ چھُ اکھ خواب زارے آسان۔ للہٕ ہنزِ ے کَتھ نیرَ نیرِتھ اَندر اَتھُن۔ اکہِ طرفہٕ چھُ سوچھ کرال للہٕ ہنزِ ے تلُتھ بروٚنہہ پکان تہٕ بیٚیہ طرفہٕ تَتھ منز تازٕ سوٗنطوٗرَن ہُنٛد سارَنٛت رَلاوان۔ سوچھ کرال اوس تہٕ تمہٕ رَنگہٕ برتہٕ مالامال رِوایتٕ ہندِس سونتہٕ کالَس منز یتھ اُسی کأشرِ یُک صوٗفیانہٕ کلام وَنان چھِ۔ تَس بروٚنہہ چھُ تَسُندِس ہمسایہ بیٚہ گامہٕ کِس موٗمِن صأبنِ یوت نیب لِوان، یُس اَتھ مَس چھوپِ رِوایتٕ ہُنٛد باضابطہٕ ڈسلابہٕ کران چھُ۔ سوچھ کرالَس اوس محموٗد گامیَس ہیوٗ اُستاد زمانہٕ ہم کال تگر تسِنز آواز چھےٚ یدلے تہٕ اَسہٕ وٕنی سازٕ کرِتھ، مُدرٕ۔ کأف کھالن واجنِن تہٕ دِلَس ترٕتھ گرٕتھ وٕنی سُہ

اوس اَکس بے پرسان زمانَس منز۔ اکھ بے کس زبانی ہندتہ وورُوَتہ گتھ۔ کرالہٕ ژکھرس پیٹھ بہتھ کرتوبا پہ تھَوان۔ رَب مانڈان مانڈان مَنہِ منز۔ سَتہٕ ساسَی پَن کھالان۔ تَس دیت پہ تحریک اطلاس وَلن والیو چھِ اتھی خوجوقلمی کتابَن ہندین مستندن پیٹھ کھسہٕ نک عزت مگر سُہ اوس اکھ برکتس پہ لبشارتھ آمیز آوازِ ہندین بروہہ یکہٕ ناوان پہ ابساوان۔ لکہٕ باوُژ کرِس جگرس منز۔ جاے پہ لکہٕ گانیکو چارِ بس نعمن ہتر۔ تار۔ سُہ رۆد خاص کرِتھ گامَن گُٹھن منز یٖیتہ کاشر زبان وِتھ ہندی پاٹھی اَستہ اَستہ پکان پہ ڈورِن پہ ڈارِن سگہٕ ناوان چھِ۔ پاسہٕ رۆپے یٖیلہِ ساَنی گوڈنکی باقاعدہٕ تذکرہ نگار عبدالاحد آزاد ن پٔتنی "کشمیری زبان اور شاعری" لیچھ۔ تس تہٕ گوو وُنیب پہ سوچھ کرال ہیوکہٕ تَسنز۔ رنگہٕ شِکارِ بیٹھ پہ سوار گژھتھ۔ نوُر محمد تاجر کتب تَس اَسِن جنتَس منز۔ جاے۔ سَتھ شیٖتھ وَرِی بروہہ کرِی تمی سوچھ کرالَن کیہنہ زالہٕ وِنی زالہٕ باتھ جمع پہ یٖینتِن نچَن نچَن کتابَن منز۔ تھٲوِن سوُمبرتھ سامِتھ۔ یِتہ کوَر کلچرل اکادمی یَنِہ صوفی شاعر، کتابی سلسلہ شایع۔ یتھ منز کامل صابن اونگ یٖینڈن پیٹھ شمار سیدن وأل

سوچھ کرٖالنٕہ کیہنہ بأتھ تہٕ شأمِل کرِی۔ موتی لال ساقی سورگہٕ دأسی
کرٕ پنٕنہٕ کتابہٕ صوفی شاعری منز۔ یوسہٕ کلچرل اکادمی شایع کٔر سوچھٕ زٕ دٕلہ
ینداہ بأتھ شأمِل۔ تہٕ اوس تمہٕ وِز بوڈ کمال۔ صرف یمو ے کینژو
بأتوٕ ہتی اوس سوچھ کرالنٕ قد کاڈ کأشرٕن صوفی شاعرن منز بسٹھاہ
تھدیومُت۔ مگر لگ بھگ سوٚ درس آیہٕ بیاکھ گربھ تہٕ اُزی کیٚہ پھرسپنٕہ یہٕ
لدٕر مال کأشرِ زبأنی ہنز۔ کارواتہٕ قدرشناس کورِ ڈاکٹر محفوظ جان
ہتدِ أتھ وصوٗل۔ اُزی چہٕ سوٚمبرنہٕ منز۔ چھپنہٕ یأتیٚ ہنز۔ گرٕندٕ وگنے
اکھتے ترٕہ گیہٕ سپٕنہ ہتہٕ۔ یعنے اتھ منز۔ چھِ ژور درجن بأتھ جمع کرنہٕ،
آمتی۔ یمن منز۔ اکثر وٕرہ پیچھنٕ چھٕ۔ محفوظ جی چھ پینتو بروٚنہہ
کارناموٕ ہندی یأٹھی یم پڑاوہ خاطر زیٹھی تہٕ کریٹھی سفر کٔرِی متہٕ تہٕ زبانٕ
پیٹھ کھنتھ یہٕ قومی تہٕ ادبی راش وٕہلاوتھ تہٕ وُگراوِتھ چھُن قلم تہٕ
کاغذکس پوشہٕ وُنس تہٕ پایدار محفظ خانس حوالہ کورٕمُت یمن گوہر
پارن ہندٕ وُنہٕ لوکن ہندس یاد داشتس منز۔ آسُن تہٕ چھُ بوڈ کمال
مگر یمہٕ وِزِ ہتہٕ محفوظ جی یہٕ کأم چھپے رٕتھ کھارٕ متہٕ۔ سُہ اوسہٕ زانٕ تہٕ
اتھ یم چانس۔ ووٕنی یمہٕ آیہٕ أسی کأشرن موٗخیہٕ گنٕجن ہنز۔ یہٕ

مُتراوان چھِ تہٕ یِمہٕ حالہٕ ٹیلی وِژن چینلہٕ تہٕ باقے ووٚپر سرٕ وُد وولان
تہٕ ووکھان چھِ، یہ کینژہاہ وَنہِ لوٚنئے چھُ، سہٕ گژھِ رآسی تہٕ ڈآسی۔
محفوظ جی چھُ سوچھ کرال بیٚیہ ہَن نوٚن کڈِتھ اَسہٕ سارِنے تہٕ کاشرِس
ادبس بوڈ سوچھ کوٚرمت تہٕ تِہُندِ وَنہٕ مُطابق چھُ تِہُند تلاش
وَنہِ جاری۔ دِے دِیہ نَس زیٹھ عمر تہٕ میوٚٹھ بَتہٕ تہٕ کامیابی ہُند انعام۔
سوچھ کرال چھُ کاشرِ صوٗفی رِوایژ ہُند اکھ سٹھاہ اہم نمایندٕ تہٕ ترجمان۔
سہٕ چھُ تصوٗف چہِ سوخُن سرآئی کاشرِس منز ڈسلایہ کرن والین منز
اَکھ تہٕ اَمیک اکھ تِتھ اہم آلوٗیس ازتہٕ لگہٕ ہار تہٕ سرسبز۔ چھُ تِہُندِس
کلامس منز چھُ صوٗفی خیال پرتھ وِزِ پھرُن دوان۔ تَس نِشہٕ چھُ
صوٗفی پیرَن ہُند پوٚتر ہمیشہ گوٚب روزان۔ مگر توتہٕ چھُ تہٕ لکٕلیہ
تہٕ ویزار نِشہٕ دوران۔ اَتھ چھُ وجہ زِ سہٕ اوس نہٕ کتابی کتھن تلانی
پوت کران۔ بلکہ یہ زِ سہٕ اوس پانس اَندی کِھی لوکن نِکھ یِم تَسی
ہوی یِتے رسمی طور پیرِ ی مِتی آسی نہٕ۔ تَس اوس یہ پَے زِ تِہُند سُے
گفتار بَنہٕ لوکن ہندِ زِندگی ہُند حصہ۔ تِیُٚس فکرِ ہند گرِ بَہٕ دِرامت
تہٕ ذِکرِ ہندِ پیرِ نہٕ چھانہٕ آسہٕ آمُت۔ اَوے چھُ تَس نِشہٕ صوٗفی تجربہٕ

سہل الوصوٗل نعمہٕ بَنان۔ سُہ چھُ زَن تہٕ زٕژَن ہُند ٹوٗنگ تُلِتھ صوٗفی
خیالَن ہنٛدِس پولادس لَکَن وٕبژوٗن سقوٗف بَناوان۔ موٗدُر، زود ہضم
تہٕ زٕلوٗن ییٚتھ کھُسِتھ وُبھوٗن ع

| | |
|---|---|
| واصل کیاہ چھےٚ بَنان کتھ | حاصِل دردِ محبت |
| کتھ ہٕتی چھےٚ بَنان کتھ | حاصِل دردِ محبت |

•

| | |
|---|---|
| مہٕ نیٚندرِ بیدار کوٗرنَس | رژھِ رژھے عشقہٕ نادٕ بُزنَس |
| ہٕشلہٕ پوژ ہم نہٕ تُل تھَم راشے | ماشہٕ مارِتھ ژوٗل میون یار |

•

| | |
|---|---|
| رنگہٕ رنگے دراُت چھ نوٗنیے | بےٚ رنگس دِتو وٗنیے |
| سو چھ کرالَن بار رنگ وٗنیے | عشقہٕ شیشوٗمس گوژھ چوٗنیے |

•

| | |
|---|---|
| فکرِ ہنٛد ٹوٗنگ لاے مٕہہٕ کس ناگس | ذکرِ تیٚر آبِ زَم زَم |
| جان شیرین نیرِ تہٕ فرہادس | وعدس زیادٕ نہٕ کَم |

•

سوچھ کرٛالُن کلام چھ اَسہِ تام واریاہ کم ووتمُت۔ یہِ ہیکہِ
بُنتھ زِ تَمیُک کانہہ حصہٕ آسہِ کالہٕ سوٚدرس منٛز چھانگر گومُت۔ مگر
مےٚ چھُ باسان زِ تَسُند کلامہٕ آسہِ ہےٚ نہ واریاہ زیادٕ تہٕ کیٛہنہ۔
گوڈنیتھ چھُ کلام یُس گرِتھ ژٕرِتھ تہٕ سَنہٕ وُن زِ باسان چھُ یہِ آسہے
باوَن کوٚندِ منٛز۔ واریاہن کاتس تاوِ چھاوِ یِتھے یُتھ سنبال ہیٚتھ بیٚنہٕ
یِوان۔ دوٚیِم کَتھ زِ سُہ اوس لُکہٕ گوڈماتھ یہِ اوس تَس خلوت تہٕ فرحتُک
زایُن۔ تہٕ یِژھ گرِ آسہن تَس کَمے موٚلیَسر۔ ترٛیِم یہِ زِ تَسُندس مدرسِ
مسَس اوس لُکہٕ موٚت پرٛاران تہٕ ژھاران آسان۔ یوٚتے تیوٚتے تمُ
ووٚن تتھ سیدُ لکہٕ سازن ہنٛز ارِ تہٕ درِ تارِ ستیٚ گنڈ تہٕ یُتھ ہیوٚ گنڈ
چھُنہٕ کالہٕ سوٚدرس سہل سہل یَنَن راش پیٚشران۔ کاشرِ زبانی ہندی
یِم باُتھ ہمیشہ بہار پوشکی پاٹھی۔ تازٕ مُشکہٕ ستیٚ تہٕ رنگہٕ چھور باسَن
تِموٚ منٛز۔ چھُ سوچھ کرالُن "مکالمہ نما باُتھ" دیوٚمے بالہٕ یارس یاری لاگو
سِبٹھاہ نُمایاں۔ رحمان ڈارُن شُشش رنگ آو یَہ سِبٹھاہ ہاوِنہٕ
باوِنہٕ، سرنہٕ سارنہٕ تہٕ ٹَٹارس کھارنہٕ۔ یَزے چھُ سُہ باَتھ
لولہٕ گَتھِ ہُند ووشہِ لُن کھاوُن جوش کھاوان۔ مگر سُہ آو سوچھ کرالنہٕ

باپَتہٕ یِتہٕ وَنِتہٕ۔ بٔییہِ چھِنے اکھ طرفہٕ سوٗ چھ کرال یِتھ پٲٹھ منز۔ اسرارِ
بے پوٗر پوٗر مگر تہٕ چھِنے فکرِ ہُنز ٹکرِ ستۍ پوٗٹ سِیُد مُت۔ سُہ چھُ
دوٗن ذہین تہٕ حسین لولہٕ والین ہُند خوبصورت ڈائیلاگ بنان۔ کیٚنہہ
چھِنے واریاہ بجہٕ تہٕ دوٗکھہٕ۔ مگر اظہارُک پھیر واد تگنہٕ ستۍ چھک زتنہٕ
ہشہٕ دوٗیچھان تہٕ عاشقن اکھ اَکِس برابری بوان۔ تیوٗت کرِتھ تہٕ چھُنہٕ
رازس واش ہیکان نیرِتھ۔ واریاہ وُنِتھ تہٕ چھِ واریاہ وَنِنے روزان۔
سِرِ چھ کُنہٕ مانچھ تُلر ہندی پاٹھۍ لفظو کھوتہٕ خیالن منز گِس گِس کران روزان۔
یتھۍ ہوۍ مکالمہٕ چھِ اَسہٕ بڈین اَدین منز۔ نظر گرِشھان مثلاً حافظ شیراز
یس لِتشہٕ۔ یُس دغزل ''گفتم'' ''گفتی'' اَمہٕ کرائیکُ پیٚے چھِ دِوان۔
یِتہٕ پہن چھِ علامہ اقبال وارِہن نظمن مثلاً مکالمہٕ جبرئیلِ وابلیس'' منز۔
یہٕ کسب آزماوان مگر سوٗ چھِ کرال چھ بہر حال پننُ رنگ تہٕ رس معنی
تہٕ مفہوم تہٕ نوکتہٕ گیری تہٕ نوکتہٕ سرائی تِمہٕ آیہٕ ورتاوان زِیہٕ باپَتھ
چھُ کاشرِکین بہترین نظمن منز شُمار سپدنس قابل بنان۔ سفارِشہٕ کیٚنہہ
نہٕ پیٚتہٕ اَندرمہٕ دَزِ تہٕ باوان ہٲرۍ کیٚنہہ۔ یوز وَے تہٕ یہٕ ہیکہٕ ہوٗن
کاشرِ کِس گوڈنیُک عظیم باپَتھ مانِتھ یُس کُنہٕ یِرشھ ہشہٕ انتہا بوجی ہند

گوڈنکس ورقس پیٹھ رقم گرتھ کرنہٕ یُن تہٕ یتھ تِہٕ بس ڈوڈ ژٕ درجن
اَمِہ سوتھٕر کی باتھ اَز تام ہیکہٕ ہوک گنڈِتھ۔ کیتژَن سوالن چھُ جواب
نیوٗتا برجستہٕ زَن تہٕ دوشوَے اکھ اَکِس نالہٕ متِہٕ رٹان چھِ۔ یہٕ
باتھ چھُ کاشرِس منز اظہارٕچ اکھ نوٗ سُم شیران تہٕ ڈرامائی شاعری
ہنز وَتھ ہنز اوان، یوسہٕ یتہٕ نادم صابن تہٕ راہی صابن طیس
واتناو۔ فقط کیہتہ شارسہ

دَیوٕمس نوکتہٕ اوس نہ تہٕ آو کتے
تمٕ دوٗنیمَ باوِے تھاوکھ ژٕ کتے
دَیوٕمس نوکتہٕ عشقُن باو میرٕتے
تمٕ دوٗنیمَ پوختہٕ سَیدکھ عشقہٕ وتے
دَیوٕمس باوِتمَ ژٕرے پَیٹھُن آسُن
تمٕ دوٗنیمَ پان پَیٹھُن گرتھِ ٹھٕر کاسِن
دَیوٕمس جامہٕ وَلِتھ چھِ ژٕنے پانَس
تمٕ دوٗنیمَ وِہ اَمِکی چھی لامکانَس

دِپیومُس چھُکھ ژٕ کُنُے لاشریک
تٔمۍ دوٚپنَم تَمہِ گرٕ چھتھ چھُنے میاَنۍ طریق
دِپیومُس اَتھ طریقس ہیمے زاگے
تٔمۍ دوٚپنَم ہَرتہٕ چشمن سورمہٕ لاگے
دِپیومُس سورمہٕ لاگِتھ کیاہ چھ بنان
تٔمۍ دوٚپنَم یوٚرتہٕ اَپُرٕ اَدِ چھُ نشان

یہِ باَتھ چھُ صوٗفیانہٕ خیالن ہنز۔ ٹاَٹھ عام اِنسانہٕ سٕندِس اَمِس کھاَسس پیٹھ اَرزان کران۔ نہ چھُ خیالس دٕدارٕ گرشھان تہٕ نہ عام ژینتس ڈوکھ اَژان ۔ پاسہٕ فن کمہٕ ناوَن وانِپن کرالن چھُ یوٚہے بَجر۔

کاشرٕ گیوٚنکۍ کیہتہ ساروے کھوتہٕ میٹھۍ تہٕ مدٕرۍ ہُلکہ وتدن وتارتلن واَلۍ تہٕ بُلغار لاگن واَلۍ باَتھ چھِ ساتھو صوٗفی شاعرو دٕنی متۍ ۔ یِم چھِ ازتہٕ سماع چین محفلن منز فرماشس پیٹھ گیوٚنہٕ یِوان تہٕ بوزن وانِپن حوائن ہُند تارِ تہٕ ہوشن ہنز۔ ہانکلہٕ مشراوِتھ تھےکنٕ وبگلاوان یِتھ کنٕ تیز اوٚگنس پیٹھ گولابس

عارِق چھُ پھیانہٕ یوان ۔ اَتھ سِلسِلس منز چھُ سوچھ کرٕال کینژن غلام رفانی

ہٕ بے پناہ بأتن ہُند آگُر ۔ اکھ گوو سُہ بأتھ یُس حسبہٕ ہوشہِ نِشہِ ڈٲلِتھ

مستی ہندِس یِیس منز وائہٕ ناوان چھُ ع

للہٕ وان للہٕ وان زولہٕ یارِ یاوٕنم

خبر نو ہتاوٕنم کیہنہٕ

اُتھی بأتس منز چھُ یہ زبردست بند ع

تیزِ نہٕ کھٔسِتھ چھے گاہ تراوان

وُچھم یتہٕ بروٚنٹھ ڈیوٚٹھُم نہٕ کیہنہٕ

یِ اَدٕ اوسُم تی اَدٕ پڑاوان

خبر نو ہتاوٕنم کیہنہٕ

اَتھ چھُ وارِیاہ نٕک ضرورت ۔ اَتھ منز چھُ "تیزِ نہٕ" ہُند لفظ
استعمال کرنہٕ آمُت ۔ یہ چھُ زِ کہِ سانین داستانن ہُند تیزِ نی، چھُ
گُرِ ہُند کھوتہٕ سٹھاہ تیز پکن وول واہن ۔ زیادٕ ہن خیالی ۔ تعجُب
چھُ زِ بییہِ خال کانسہِ کأشرِس شاعرس نِشہِ چھُ اَمیُک نیب
یِوان ۔ خبر سانین پرانین داستانن منز کانتیاہ پتھ ہوی ماہ ساوی

لفظ چھِ ۔ دوٚیِم کتھ چھےٚ یہِ زِ اتھ منز چھےٚ تیز رفتٲری ہُنٛد اکھ سیٚٹھاہ اَویُل زاوِیُل نوکہٕ باوہٕ آمُت ۔ دپان تیز رفتٲری ہُنٛد انداز چھُ امہِ ستۍ سپدان زِ دوٚن دورن وول چیز نہٕ چھُ نکھے پاسان پتہٕ نہٕ دورے ۔ اَتھۍ تھےٚ نکھ تہٕ ٹہٕ وارس منز ۔ کتہٕ کوٗرٕ امۍ سوچھ کرال نِس بیانس منز ۔ کمہِ بےشونکی پاٹھۍ چھُ یہِ LAW OF MOTION نظم کرناوہٕ آمُت ۔

سوچھ کرال سُنٛد مشہور باتھ "جو یہِ منز ۔ لیٚتھ چھےٚ دریاو ناو در آب تہٕ آب در ناو" چھُ اَچھ والس پیٹھ سوٚدر تھاوِتھ ۔ یہِ مصرعہ چھُ کاشرس منز ضربِ مثال بنیومُت ۔ یہِ چھُ امیک اظہاری فتح مگر اتھ منز چھُ صوٗفی درشنک سورُے مُل مایہ تہٕ ژٕ ستھ آمُت ۔ اَسی ہیکَو فخر سان وَنِتھ زِ کُنہِ تہٕ زبانۍ ہُنٛد امہِ ذاتہٕ ہُنٛد یتھ کانہہ شار ہیکہِ نہٕ زِ ہیے سوچھ کرالس پتھ تراوِتھ ۔ سوچھ کرالن یُس باتھ منےٚ آبِ حیاتہٕ ستۍ چھلتھ تہٕ شرابِ طہورٕ ستۍ چھوٚکِتھ چھُ باسان سُہ چھُ ۔ ع

پیارِ چھم نہٕ نیندرِ یوان مےٚ چھُ مارِ موٚت چون یے

آرِ کرٕ کرِ ہتس یارِ ازٕ وولو سون یے

اتھ باتس منز چھ بولہٕ گُفتارس ترٕشہٕ زبان دِتہٕ آمٕژ نٕیہٕ چھُ موسیقی ہُند تٔرنا ہویا ہو، بنیومُت۔ اُچھ وُٹھ تہٕ بوٚزی توٚ توٚتہٕ کرِ رُمس رُمس زوٗل تہٕ رگہٕ رگہٕ لاگہٕ مضراب۔ زبٲنی منز چھُ لیشہٕ جارٕ تہٕ لفظٕ پارٕ آورِ۔ خیالن ہُند گتہٕ جارٕ تہٕ چھُس ٹیٹھ مگر سو چھ شاوُن ترایہٕ ہنز اُستادی یِتہٕ مُدرِ لے ہش بنے مٕژ۔ اتھ منز چھ اچھ دٲر ہوی بیکر تہٕ عالم وو تلاوان تہٕ دِلن کمہٕ لاوان۔ یمن شاعرن خیالن ہندٕ ڈیل تہٕ کھنبر بتھِ سیٹھہٕ انان چھہٕ۔ تمن ہندِ خاطر چھ ازتہٕ کاشُر ہیوٚ۔

یتھ مجموعس منز سپُد مےٚ اکھ باتھ پرِتھ سیٹھاہ تعجُب۔ ظٲہرا چھُ نہٕ یتھ ہیوٚ باتھ وُہمہِ صدی تام کانسہِ کاشرِ پاٹھٕ لیوٚکھمُتٕے۔ باتھ چھ خبر کیتھ پاٹھٕ محفوظ جی ہلمس منز تارکھ مالہِ ہندی پاٹھٕ بیومُت ع

پانٕ ہتہٕ وُہری ناوٕ نوٚنیے دژاو

یہٕ چھُ کاشرٕ قوم تہٕ تمہِ چہ پرزنٕتھ کس سارِوے کھوتہٕ زوٗتہٕ وٕنس نشان۔ علمدارِ کشمیر شیخ العالمس متعلق۔ اَسہِ کاشرِن چھُنہٕ عام طور

کِژ پیٚٹھ نبن وٕنہٕ ہاوکِبن خراج ادا کرُنک عادت۔ بیٚیہٕ چھیٚنہٕ یہِ
کتھ تہٕ سونچنس لایق زِ سو چھس کیا زِ بیوو پانژھ ہتھ وٕری،
مُقرر کرُنک سوٚتھ گنڈُن؟ سُہ تہِ شیخ العالمؒ یاد کرتھ باپتھ سمے
چھُ باسان زِ یہِ چھُ اکِہ بڑِ زلوٗتہِ تارٟخی واقعہُک بیان تہٕ تہٕ ہرگاہ
تہٕ ضرورت آسہِ، اکِہ تارٟخی بزرُک ادبی تہٕ لکھ زلوٚ ہند تصدیق دِ۔
سوچھ گرائن زمانہٕ چھُ ۔(۱۷۷۵ - ۱۸۵۵) مقرر کرتھ آمُت۔
اَمیُک معنی گوو یہِ زِ سُہ اوس ۱۸۱۰ء منز تمہِ ساتہٕ پاشرٕ ترٕیہ
وُہرِ ہیو جوانِ رعنا یمہِ وِزِ کشیرِ ہند تمہِ وقتُک افغان صوبیدار عطا
محمد خانن کوبلچہ کھوٗنی کلِہ ژالنس سُتھ بھیرُن تہٕ کشیر ہنز خود مختاری ہند
اعلان کوٚرُن یہِ تاپہٕ ٹیوٚک روٗد کینژن ورین شولان تہٕ گاہ
ژھاوان مگر اتھ منز سپٚز کیہہ رژتہٕ کاشرِ پنہٕ ند کامہٕ۔ اکھ گوو یہِ
زِ حضرت شیخ العالمؒ سُند نام پاک آوُرن تہٕ کشیرِ ہنزِ طغرٰی
(logo) تہٕ موہر بناونہٕ۔ تسندِس آستانہٕ عالیس سپٚز توٚ
مرمتھ تہٕ تہندس ناوس پیٹھ آو ضرب کڈنہٕ موہرن تہٕ روپین
آو لیکھتھ تھاونہٕ ع

## سِکہّ شُد روشَن زِ شاہِ نورالدّین

یم سِکہّ چھِ ازِ تہٕ مالِ موجوٗد بنیٚہِ تہٕ آو وارِیاہ کیٚہہ شیخ العالمہٕ سُند ناوٕ ہیٚتھ کرنہٕ۔ یہِ چھےٚ گوڈنیُک لٕھ میٖلہِ کانٛسہِ شِقہٕ کاشرِس گوتمامہٕ ہِندِس کلامس منز۔ اَمیُک تیٖب یِوان چھُ۔ یہِ اتفاق چھُ کُتھ بٔڈین دٔرہٕ کران۔ زِ واقعی آسہٕ اتھ وقتس تام شیخ العالمسٕؒ ناوٕ نیٖرنَس پانژھ ہتھ وری اداگامتی ع پانژھ ہتہٕ وُہری ناوٕ نوٚنیےٚ دژاو یہِ چھُ اَسہِ محفوظ جبین اکھ نایاب تُحفہٕ دیتمُت۔

محفوٗظ جی چھُ لیوٚکھمُت زِ سو چھ کرالَس اوس اصل ناو اسماعیل تھاوٕنہٕ آمُت۔ تمو چھُنہٕ یِتہٕ وَنہٕ نُک مخزن ووتمُت۔ مگر اَتھ بیٚٹھ ہینکہٕ بحث سپدِتھ۔ سو چھ چھُ رُت کاشُر ناوٕ تہٕ یہِ اوس کاشرین خاص طور پٮ۪ٹھ نہٕ تھ۔ ذاتُژ ہِند قورا بہٕ نوٗر آسہِ ہےٚ پسند۔ سو نہٕ ہٮ۪ندٕ لَسہٕ تہٕ آسی ییتی۔ ییتھ ناوٕ آسہٕ اوترٕ اوترٕ تام موجوٗد، سو چھ کرالَس اکھ زوٗری برٕ وٕہہ اوس کٔشیر سوکھ جو رازٕ، کمہٕ ہےٚ کالس روٗد ٮ۪گر کٔشیر ہُند تواریخ کرنووُن منظوم۔ عبدالوہاب شائق لیوٚکھ تِہندیٚ سےٚ وَنہٕ نَس بیٚٹھ یِتہٕ مشہوٗر "شاہ نامہٕ کشمیر" بنیٚہِ تہٕ اوس سُہ وارِیاہ

مُکھ رَنٛز۔ ناوَن وول۔ تَس متعلق چھ کاشُرِ پاٹھی اَز تہٕ محاورٕ "سوکھ جُوَن سوکھ" یِتھے کُنہٕ اَسی زنانَن تہٕ کاشُر ناو۔ بقول محفوظ پانہٕ تَسنٛز ماجہٕ ہُند ناو "زوُن"۔ بیٚیہ سُنٛدر، وِگٕن۔ ہیمہٕ زنٛل، اُرنی، کونگ تہٕ واریاہ۔ تَس کیاز یِیہ ہے بدل ناو کرنہٕ۔ بہر حال یُس ناو مُکھہٕ ناوِ کھٕسنہٕ اَسہٕ تام ووت، سُے گرٛژھ پانسہٕ ناو مانٕنہٕ یِن۔

صوٗفی گٔژھ چھِنے وارِیاہ سرچشمو تہٕ آگرو منٛز نیران تہٕ یِتھ بہن ویٚتھ ہُندی پاٹھی سارِنے واصل کرٕتھ بروٗنہہ پکان۔ اَتھ منٛز چھُ چینی۔ مصری، یوٗنانی، ہندوستانی، زرتشتی، بُدھ بیترِ ورنُن ہُند ناگہٕ ووٗنی رلہٕ گومُت۔ پانہٕ سو چھ کرال چھُ اَتھ کُن ژینہٕ وَن دِوان۔ ع

ہُندر منٛز سو چھہ کرٛال شاستر شیرن

باگی کنٕ دوٗرِن مے مار گرلیے

مگر اَتھ اکھ ضابطہٕ بند، پرِیِوُن تہٕ خوبصورت لڈاو تہٕ بساو سُند مُسلمانَن ہندِ اَتھے۔ اسلأمی فِکرِ چھِنے سیٹھاہ آوِج زاوِج تہٕ نوٗزُک مزاج۔ اَدے ہر گاہے کاثِنہٕ موے وائس سوٗمب

کٔمی بسٔتی تہٕ گیہِ۔ تَس ہیو وَیتر اوٗن ۔ اسلامی تصوٗفُک عظیم پیش کار شیخ اکبر محی الدّین ابن عربی یَس تہٕ ہیو شریعت چہٕ عدالتہٕ برونہہ کنہِ وود دتہِ روزَن منصوٗر حلّاج کھوٗت دارس حالانکہ یَتہٕ ہیہَن کوٗر سُہ امام غزالی ہوی شریعتکی زاٰنی کارَن تہٕ پاسدارَن یری کُنتیر متر تہٕ چھِ یِمہٕ کتھِ ہندی ثبوٗت ٹاکارٕ زِ شریعت تہٕ طریقتچ یہِ شمشیر دار آس وِز وِزِ چمکِ تراوان ۔ یَتھ کتابہِ منز چھِ محفوٗظ جین ہیرَن یتر ستی سو چھِ کرٕالنہِ تہٕ زوکہِ موٗدرِ رشیچ یاوتھ کران اِشارٕ کرٕی متی ۔ یلنے سو چھِ کرٕال ہندِس کلاس یِمہٕ آیہِ صوٗفی اِظہارن ستی شریعتکین زاٰوِی سِن ینن تھیچھِ رَٹہِ ینچ صورت نظر چھِ گژھان تمہٕ ستی چھُ فکرِ تران زِ سُہ اوس اَتھ پُل صِراطس ترنہٕ خاطرٕ ینُن تواژُن ڈنجِ تھاوَنہٕ خاطرٕ زُورے یِہَن موحتاط ہیرس جیرِ داماہٕ رَٹُن چھِ اَمی جستجوٗ ہٕک اکھ وُنیہہ ۔ کاتہہ ڈوکھ کاتہہ پناہ ژھارُن ۔ تَس روزِ ہنی ٹاٹھس تبی ہتہ رحمیچ نظر لحد پُرنوٗر کران یَتھ سوٗمبرنہٕ منز چھِ محفوٗظ جی یوٗہے تریے درجن تمِ باتھ شاٰمل کرٕی متی ۔ یمَن تام تہٕ اَسہِ وُنیُک تام یلو اوس ہموٗتِ وِوکبہٕ یقیناً سو چھِ کرٕالُن ادبی شاہہ بنیہہ مَن ۔ ہرگاہے

سِندھی لوکھ شاہ عبدالطیف بھٹائی صابس یِنہِ زبانی ہند مولوی روم

ونَن ہٕ۔ منے چھ باسان زِ یِتھنہٕ ہو واریاہو ہشروکِنہٕ چھ سوچھ کرال

ہنِنس ہم کال پنجابی شاعر بُلھے شاہس ہیو۔ سوے سر مستی، سوے

کاف، سُے مانچھ میچھر، سُے لیہ لہراو، محفوظ جی کوٗرجان زِ کامل تہٕ ساقی

ہند بن یا تَن کوٗرُن تمن شاین سقمُ دور، ہنِتن ضروری اوس۔

توٗے چھنہٕ یہ کُلیات صرف زیادٕ باتھ آسنہٕ کِنی یوت باگہٕ بڑٕ بلکہ

چھِ اَمکی مصرع تہٕ شار اصل سوچھ کرالن موکھ پر بڑلاوان۔

سوچھ کرال چھ ییندر گامس منز۔ آسُدٕ تہٕ ہِنِنس کلامس منز چھُن

وِزِ وِزِ اَتیکھ ناد ہیوٚ تمُت۔ یُس بوٗزِتھ تہٕ شاند کِنہٕ تس وٗریہٕ

واد بروہہ لاگنہٕ آسہٕ آمٕتہٕ۔ تمہِ چھ نوراوِنہٕ تہٕ بہتر بناوِنہٕ وِزِ

آمٕتہٕ۔ ع

غلامی کیا ہے ذوقِ حسن و زیبائی سے محرومی۔

محمد یوسف ٹینگ

وزارت روڑ۔ جوّم

۵ اپریل ۲۰۰۳ء

# حاشیہٕ

۱ؔ بغدادس چھِ خلیفہ ہارُون رشیدٕ نہٕ غریب پرور تہٕ نازنین پادشاہ بایہٕ زبیدہ ہندِس ناوس ستی ٔ تہٕ بستہ۔ یوٚہے شہر اوس اُلف لیلے اچھِن شاندار کتھن ہُند رنگ منچ۔

۲ؔ میسوپوٹیمیا یعنی اُزیک عراق چھُ دُنیہکہِ گوڈنکہ انسانی تہذیبک مَنزٕل روُدمُت۔ دُجلہٕ تہٕ فُرات کِس دوآبس منز۔ یُید دُنیہک گوڈنیک رسم خط ایجاد۔

۳ؔ تانڈٕ تٔنو۔ کاشری پاٹھی نگوان شنکر سندِس تباہ کُن رقص تانڈو ناچس ونان۔ یُس تباہی ہُند رقص مانہٕ چھُ یوان۔

۴ؔ ڈینوسار DINOSAUR دٕہن کرور وری برونہہ ٹکرِ بیٹھ زندٕ درندصوُرت جانور۔ شمالی افریقہ ہِکی سابق صدر تہٕ محترم عالمی مُدبر نیلسن منڈیلا مَن چھ امرِکی حکمرانن یِہے رِشرٕ کڈمِٕتِ

۵ؔ "THE SUFIS" INTRODUCTION. ANCHOR BOOKS, NEW YORK.

۶ؔ "THE SUFIS" BY IDRIS SHAH

# سوچھ کرالُن

## زمانہٕ

سوچھ کرال (۱۷۷۵ء - ۱۸۵۵ء) چھُ تتھ وقتس منز زامُت ییٚلہِ کاشرِ ووپر حُکمرانَن ہندِس راجَس تل غولامانہٕ زندگی گُذاران آسی۔ یہِ چھُ سُہ دور ییٚلہِ کاشرٕ پٮ۪ٹھ رنگہٕ ظُلم، جبر تہٕ لوٗٹھ مار نصیبس اوس۔ کشیٖرِ ہندی سیاسی، سمٲجی تہٕ اقتصادی حالات آسی ابتر گٔمتؠ تہٕ لوٗکھ آسی افلاسچ زندگی گُذاران۔ اکِ پاسہٕ ظُلم تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ افلاس۔ اَتھ وقتس منز یِیوٚ کاشرٕ بیٚیہِ تہٕ مُصیبتَن، سختیَن تہٕ ظلم و جبرٕک مقابلہٕ کرُن۔ زمین دار آسی وٕہرِ وٕرِ ییٚس محنتھ کٔرِتھ یتہِ خوٗنہٕ ستؠ زمین کماوان مگر ہرٗد واتِتھ اوسُکھ نہٕ اَکِس دانَس تہِ اَتھ لاگنُک اجازت تِکیازِ

ڈُڈ دار، سوٗد خوار، چِک دار، تحصیلدار تہٕ سرٕ وٕول اوٗسکھ
پتےٚ آسان تہٕ کاشرٕس زمین دارس بجارس آسی اتھ موٗرِتھ
سوٗرٕے توان۔ حاکمن ہند خوفہٕ کِنۍ آسی لوٗکھ ژھوٚپہٕ دَم کرِتھ
سوٗرٕے برداشت کران تکیازِ یام کانہہ حکوٗمتس یا کانسہٕ حاکمس
خلاف کتھ کرِ ہے تس اوس بڈ کھوتہٕ بوٚڈ سزا دِنہٕ یِوان یوسہٕ چھے
کراں چھُ کشیٖرِ ہندی ترٕے بدترین سیاسی دور وُچھان۔
پٹھان دور، سِکھ دور تہٕ آخری دوہن ڈوگرٕ دور تہٕ ترٕنشوٕنی
دورن ہُند ظلم و جبر تہٕ استحصال وُچھان مگر سُہ چھُنہٕ پننہٕ شاعرٕ
منز کُنہٕ جایہٕ پننہٕ زمانکۍ حال باوان۔ اتھ ہیکہِ یہِ تہٕ وجہ
آسِتھ زِ اکھ صوٗفی منش آسنہٕ کِنۍ اوسنہٕ سُہ زمانس تہٕ زمانکین
لہلاون لوریایہِ تہٕ چھُ بنان زِ کینژٕ مجبوٗرِیو کِنۍ تہٕ ما آسہٕ ہا زبان
بند تھاوِتھ تکیازِ اتھ زمانس منز حاکمن ہُنزٕ تگُن یا یِمن خلاف
کانہہ کتھ کرنی اوس بوٚڈ جرم مانہٕ یِوان تہٕ خلاف ورزی کرَن
وٲلِس اوس سزا دِنہٕ یِوان۔ یہِ کتھ چھےٚ عیان زِ اتھی بدحال
دورس منز چھِ ساٗنۍ اکثر صوٗفی شاعر زندگی گذاران مگر کانہہ

صوٗفی شاعر چھُنہٕ اَتھ صوٗرت حالس باوَتھ دِوان۔ دراصل آسی یِم خُداپرستی کُن آوری تہٕ یِہُند مقصد اوس فقط پَننِہ شاعریہ ذٕریعہ پننہِ روٗحانی تجربہٕ باوٕنی تہٕ اَوکِنہ چھُ سوچھ صابہٕ شاعری ہُند حال تِتہٕ یُہَے تِرٲہن۔ شاعری چھِنہٕ زمانس منز سَپدن والین سیاسی یا سماجی واقعن ہنز۔ لوریکہ روٗحانی تجربَن ہنز باوَتھ۔







اِنسانی تہذیب کو تاہ پرٛون چھُ تتھ متعلق کانہہ حتمی رائے دِنی چھنہٕ ممکن تِکیازِ نوٚی نوٚی سائنسی انکشافات چھِ نوٚن نوٚن کتھن ہُندنیب دِوان ۔ وُنی گوو اَز تام سپدی متہٕ تحقیق تلہٕ چھنے یہِ رائے برونہہ کُن آمٕژ زِ انسانی تہذیب چھُ ستھے قدیم کالہٕ پیٹھٕ اَز تام پیٹھٕ مختلف انہار بدلاوان آمُت ۔ اَتھ تہذیبی کاٹس منز چھُ کنہٕ دورٕ ( STONE AGE ) ہتہٕ گوٚڈنِچ

---

لہ کنہٕ دور ( STONE AGE ) چھُ ترِن حصَن اندر باگراوِتھ (١) ابتدائی پرٛون

منز روزنُک دور سٹھے اہم تہٕ یمن دورن منز۔ آیہ مختلف فنَ بارسَس
یم ترقی پڑاوان پڑاوان از تام یمُن سفر جٲری تھاوِتھ چھِ۔ انسانَن
بناوِی پننہِ ضرورتہ مُطابق پننہِ زندگی تہٕ زندگی گُذارنکی
ساماہ۔ ترٛیش چھنہ باپتھ گوڈ اڈجہِ ہینگ تہٕ کھوٗر پیالہ
تہٕ اَخرس زَبہ ستی پیالہ بناونُک تصوٗر تہٕ تجربہ دُنہہس منز جلے
رٹان۔ یہ تہٕ چھُ دعوا سیدان زِ انسانَن کھوٗن کنِہ تہٕ بنوونس
آب تھاوُنک باپہ ہیُیح شکل موٗجوٗد ووکھُل چھُ، یُس کنِہ کالکُ
نموٗنہ چھُ۔ اَمہِ پتہ کھوٗن انسانَن ہنچہ تہٕ آب تھاوُنہ باپتھ آیہ جاے
کھنہنہ۔ اَمہِ قسمکی تجربہ کرَن وٲرس انسانس چھِ پتہ مختلف زبانَن

---

پہ اَتھ مِہ صفحُک حاشیہ) کنِہ دور یعنے EARLY OLD STONE AGE ۔ اَمہِ
دورُک بیاکھ ناو چھُ EARLY PALEOLITHIC (ب) اَمہِ پتُک یا نوٗ کنِہ دور
LATE OLD STONE AGE ۔ یم زٕ دور ختم گژھنہ پتہ چھُ کنِہ کال بیٚیہ دوٚن دورن
منز۔ باگراونہ یوان (ا) نوٗکنِہ دور NEOLITHIC یا NEW STONE AGE اَمیُک
وَق چھُ ۷۰۰۰ ؤری پرون مقرر کرنہ آمُت (ب) شششرُک دور PALEOLITHIC
BRONZE AGE دورس تہٕ NEOLITHIC دورس درمیان یُس وَق چھُ یوان تَتھ چھِ
MEZALITHIC یعنی MIDDLE STONE AGE ونان۔ یہ زمانہ چھُ ۱۲۰۰۰ ؤری پرون
گنزراونہ یوان۔

منز مختلف ناو دِنہٕ یوان مثلن کوزگر، کراں، کمار تہٕ POTTER بیترِ۔ کشیرِ اندر لبنہٕ آمتیو نشانو تلہٕ چھُ ثابت گژھان زِ کرالہٕ کار چھُ کشیرِ ہند سیٹھہے پرٛون فن تہٕ پیشہِ۔ کاشرِس منز چھُ کرال لفظُک معنے میژِ و بانہٕ بناوَن وول۔ میژِ اڈرٲوِتھ کتریو بانہٕ بناوَن تہٕ پکیَن وول۔ کرال چھُ کاشرِس منز مذکر۔ کاشرِ ڈکشنری منز چھُ "کرال" لفظُک مول سنسکرت "کلالہٕ"[۱] منز ہاوَنہٕ آمُت مگر یِم تہٕ از تام کشیرِ منز قدیم کالی آثار بدِ کڈنہٕ آمتی چھِ تِمہٕ تلہٕ چھُ نتان زِ کرالہٕ کام چھےٚ کشیرِ منز انسان ستر گوڈنچ منز زندگی گذارنہٕ بروٚنہہ بارسس آمژ یِیلہِ زن سنسکرت زبان اَمہِ زمانہٕ پتہٕ واریاہ کالی کشیرِ منز واتان چھےٚ لہذا پرٛتھ کاشرِ لفظُک سنسکرت زبانی منز ژھانڈُن چھُ غار تواریخی تہٕ غار سائنسی طریقہٕ۔

کرالہٕ کارس ستی چھِ پوٚرِ کشیرِ منز بے شُمار لوٗکھ وابستہٕ یمو آسہِ مشکلے کانہہ جاے ییتہِ کرالن ہُند بوٗد باش اوسہٕ یا چھُنہٕ۔

---

[۱] کاشُر ڈکشنری، جلد ۵، ۱۹۷۷، سرینگر، ص ۱۷۱۔

نویٹ[1]، کرٛالہٕ پوٗرٕ، کرٛالہٕ وارٕ، کرٛالہٕ سنگری چھِ کرٛالن ہنٛدِ کارکسبہٕ کِنی مشہوٗر۔ بہرحال کتھ چھےٚ چلان کرٛالہٕ طبقچ اَتھ طبقس منٛز چھِ تھدِ پایکی صوٗفی تہٕ گونماتھ ؤتھی متی۔ یِمَن منٛز کرٛالہٕ موٚت[2] تہٕ عارف کرٛال[3] تہٕ شامل چھُ[4]۔ عارف کرال اوس وراثتی طور کرٛالہٕ کارس ستی وابستہٕ۔ یِہندی مرٛآو کاشر زبانی ہنٛد اکھ اہم تہٕ باگہٕ بوٗرت گونماتھ سوچھ کرال دُنیہس۔ یِہنٛدِس زانٛنس متعلق چھِ محقق

---

[1] نوٹیکی کرال آسی اَتھ کسبس منٛز زبردس ماہر۔ خاص طور آسیم نٹہٕ بناونس منٛز خاص مہارتھ تھاوان۔ یہ اوس زبردس وزان۔ توَے چھےٚ یہ کتھ عام زاگر کانہہ شخص کُنہِ کتھِ تبلی چھُ کران تہٕ ؤنہٕ چھِ یوان یہ گوو نوٹیکین نٹن کھائُن۔

[2] کرالہٕ موٚت اوس تھدِ پایک صوٗفی بُزرگ یُس ؤترہیل، شولی پوٗر بڈگامہٕ روزان اوس۔

[3] عارف کرالُن زاسنہٕ تہٕ مرن سنہٕ چھُنہٕ معلوم۔ یہ اوس جان شاعر تہٕ یموٚ چھِ واریاہ کلامہٕ وٚنمٕتۍ تاہم چھُ اکثر ضایہٕ گوٚمُت۔ یِہنٛد اکھ مشہوٗر بیتھ چھُ "مس دتیم تہٕ چوٗس کلہٕ والن، تس چھُ پایٚن موےٚ"۔

[4] فوک لورس منٛز چھےٚ کرالن متعلق واریاہ کتھ مشہوٗر مثلن "کرالہٕ پایوٗدٕ وٚنیےٚ جنگل دڑاوس کُنےٚ"۔

مُختلف آرا پیش کران ۔ یمن منز چھُ امین کامل سارنے برونہہ یہنز ۔ ذکر یمن لفظن منز کران :

"یم آسی پلوامی تحصیل کس ییندر (ییتھ ناواقفی ہتی ساری ییندرن چھ لیکھان ) گامکی روزن وٲلی یہند پیشہ چھُ یہند ناوے تکلے ظاہر ۔ امی تلہ چھُ باسان زِ پڑی دمتی لیکھی متی چھنہ آسی متی ۔ یہنز پیدایش، وفات تہ زندگی ہندی حالات چھنہ وُنہ شبقہ پاٹھی یہ لگان[۱] ۔ البتہ یہ کتھ چھے صاف زِ یم چھِ محمود گامی (وفات ۱۸۵۵ء) ہندی ہمعصر آسی متی ۔ یم چھِ ییندرگامسے اندر دفن سپدی متی ، یتہ وُنہ یہنز ۔ قبر ٹھیک حالتس منز موجود چھ[۲]

---

[۱] ، [۲] کتابہ ہندس دوٚیمس جلدس تام ہرگاہ یہندی تہ باقے ترین شاعرن ہندی صحیح حالات معلوم سپدی، تم ین تتھ اندر درج کرنہ ۔ ییتھ محفوظ ہیکن روزتھ ۔ امین کامل، صوفی شاعری، جلد اکھ، ۱۹۶۴ء اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز، سرینگر صفحہ ۶۱ ۔ مگر صوفی شاعری ہندس دوٚیمس جلدس منز چھنہ سو چھ کراٚنے یتہ باقے ترین شاعرن ہنز کینہہ تہ ذکر کرنہ آمُت ۔ (م ۔ ج)

اوتار کرشن رہبرن یوٚ دوے سوچھ کرالُن زاسہٕ تہٕ مرن سنہٕ چھُنہٕ لیوٚکھمُت ۔ البتہٕ چھُ یہنز۔ ذکر یمہٕ آیہٕ کران :

"صوٗفی فلسفہٕ بُنیاد چھےٚ دراصل شیخ العالم نی ڈٲسی پیوان ۔ یہٕ فلسفہٕ چھُ کاشُر شاعری منز دوہ کھوتہٕ دوہ بُرزر تہٕ پوچھر لبان ۔ ترییمس ورُس (۱۷۷۵ء — ۱۹۲۵ء) منز چھُ یہٕ خاصکر سٹھاہ زور شور سان گرٛایہٕ ماران ۔ شمس فقیر، سوچھ کرال ، شاہ غفور، رحمان ڈار، نعمہٕ صاب، رحیم صاب، عبدالاحد نادم ، عبدالاحد ناظم ، اسد پرے ، صمد میر ، احمد بٹوٲری بیترِ شاعرن ہندی ناو چھِ اتھ سِلسلس منز ۔ زیوٚہِ پیٹھ ہیٚنی لایق۔"[1]

ناجی مُنورتہٕ پروفیسر شفیع شوق چھُ یتہٕ پاٹھی لیکھان :

"سوچھ کرال چھُ گوڈنکین صوٗفی شاعرن منز۔

---

[1] اوتار کرشن رہبر، کاشُرِ ادبٕچ تاریخ ، جلد اکھ ، ۱۹۶۵ء ، سرینگر صفحہ ۱۰۴ ، ۱۰۵

سارِوے کھوتہ اہم شاعر۔ سُہ اوس ییندر (پلوام) گامس منز۔ روزان تہ پیشہٕ کِنؠ اوس کرال اُتھی گامس منز۔ چھُ تمۍ سُند مزار تہ ییرس پٮ۪ٹھ چھُس تاریخ وفات ۷، ربیع الاول ۱۲۷۱ھ (۱۸۵۵ء) لیکھتھ۔ دپان سوچھ کرالُن مول عارف کرال تہ اوس شاعر یِمۍ سُند اکھ بأتھ "مَس دِیتم تہ چووُس کلہٕ والن" تَس چھُ پیایُن موٗیے" زُتھراوِتہ چھُ اُمت۔ (سوچھ کرال اوس مومن صابنٕ شاگرد تہ محمود گامیس سٟتۍ چھُس وۄتھن بِہن اوسمُت سوچھ کرال چھُ اُمی اوسمُت مگر تمۍ ہٮ۪ز۔ شاعری پٔرتھ چھُ باسان زِ تَس اَس فارسی شاعرِیہ ہٕنز پوٗر زان۔ تَس مٮ۪ج یَنہٕ وأتنہٕ منزے سٮ۪ٹھاہ شوہرتھ تہ از تہ چھُ تمۍ سُند دوہ تمۍ ہٕندِس مزارس پٮ۪ٹھ مناونہ یِوان"۔[۱]

---

[۱] ناجی منور، شفیع شوق، کأشرِ ادبُک تواریخ۔ ۱۹۹۲ء، شعبہ کشمیری کشمیر یونیورسٹی، سرینگر، صفحہ ۱۱۵۔

زباَنی زباَنی ربوایتھ پھتے از تام سو چھ کرالس متعلق موجوٗد تہٕ وُنہ چھ اُہندس گامس منز۔ تہٕ تمہ تیٚر ہن گامن منز۔ تہٕ واریاہ بُزرگ زندٕ یمن سو چھ کرالس متعلق زباَنی زباَنی بوٗزمٕتن کتھن ہنز۔ زانکاری چھتے۔ دراصل چھ کاشر زباَنی ہندس تواریخس منز۔ یمن شاعرن ہند تعداد زیوٗر یہندٕن زندگین متعلق سیٹھے کم زانکاری میلان چھتے۔ ینکیاز یہندس حیاَتی ہندس دورس منز۔ چھُنہٕ کانٕسہ تہٕ محققن یا تواریخ دانن یمن متعلق لیوٗکھمُت تہٕ یہند مرنہٕ پتہٕ آو یہنز۔ زندگیہ تہٕ یہندس کلامس پیٹھ قلم تُلنہٕ۔ سو چھ کراں صاَبٕن یہٕ کینہہ شاہ تہٕ تواَریخی یا زباَنی ہنز۔ ن ربوایتن منز۔ موجوٗد چھُ تہٕ سوٗرے کوٗرمتے پیتنہٕ مقدوٗر مطاَبق قلم بند تہٕ تو ہہٕ تام واتنووم تہٕ ممکن چھُ زٕ وارٕ وارٕ نتن بیٚیہٕ کینہہ کتھ تہٕ۔

# سوچھِ کرالُن آبآیی گام

کٲشِر آس گوڈٕ صرف ترٛین ضلعن پیٹھ مشتمل یعنے سرینگر، اننت ناگ تہٕ ورمُل۔ تاہم آیہٕ ۱۹۷۹ء منز مزید ترٛے ضلع وجوٗدس۔ سرینگرٕ منز آدٕ بڈگوم، اننت ناگہٕ منز پلووم تہٕ ورملہِ منز کپوٚوارالگ کٔرِتھ ضلع بناونہٕ۔ یِہ تام پلوآمی ضلعُک تعلُق چھُ یہِ چھُ ژورن تحصیلن پیٹھ پھہلتھ یِتھ منز بڈاتہِ خودپلووم، شوپیٛن، ترال تہٕ پانپر شامِل چھُ۔ پرٛتھ کانہہ تحصیل چھُ ہر رنگہٕ مالامال۔ اتھ سُہ پٲداوار آسی تنَ، تعلیم یا اقتصادیات آسی تنَ۔ پلووم چھُ سرینگرٕ پیٹھٕ ۴۲ کلومیٹر دوٗر۔ یہِ ضلع چھُ پٲداوار لحاظٕ پاپرٕ جامانہٕ یوان۔ اَدبی اعتبارٕ تہٕ چھُ اَتھ ضلعس جان اہم روتبہٕ۔ موٚمن صاَب، سوچھ کرال، غلام احمد مہجوٗر، عبدالاحد آزاد، عارض، محمد منور خادم، احد کاندر پانپری) تہٕ محی الدّین توآز چھِ اُتھی ضلعس باگہِ آمتۍ۔ کاکہٕ پورٕ

نیوٗ، پاپٔر، ترال، کھرو، راجپور، اوٗنتی پور تہٕ شُپیٖن چھِ اَمہِ ضلعکی اہم قصبہٕ۔
پلوامی علاقس آسی بروٚنہہ کالہِ "چھراٹھ" ونان۔ مہجوٗر چھُ چھراٹھ علاقس
یِمَن شارن منٛز لول بران ؎

بختاوٗری بیٹھ کوٚہ کران ناز چھراٹھکی
تمہِ رس بیٹھ چھُکھ نظر جہاں دارِ پکھر پوٗر
تَس کیاہ چھُ غم یُس یِژھہِ تہٕ یِژھہٕ سان لارِ پکھر پوٗر
مقبوٗلِ ازل سُے چھُ یمیٚس گاہِ پکھر پوٗر

اَتھی چھراٹھس منٛز چھُ یینٛدٕرناوٗ کھ اکھ گام آباد۔ یہِ گام چھُ مشہوٗر نالہٕ
رومشہِ ہندِ بٹھِ نِشہٕ اوٚڈ کلومیٖٹر دوٗر آباد۔ تحصیل پلوامس چھُ یہِ یژٕ
تہٕ حاصِل زِ اَتھ منٛز چھُ کاشُر زبانی ہُند اہم صوٗفی شاعر سوچھ کرال
تھَنہٕ پیوٚمُت۔ یُس پلوامہِ پیٹھٕ ترٛیٛہِ کلومیٖٹر دوٗر یینٛدٕرناوٕ کس
گامَس منٛز روزان اوس۔ یینٛدٕرچھُ آبادی لحاظٕ اکھ بوٚڈ گام۔
اَتہِ چھِ زمیٖندار تہٕ کاری گر تہٕ بوٗد باش کران۔ یینٛدٕرگامس
چھُ مشرقس منٛز پنگلین تہٕ کاکہٕ پوٗر، مغربس منٛز گُڈر، نیوٗ، وہبک
تہٕ رومہٕ۔ شمالس منٛز پکھر پوٗر تہٕ جنوٗبس منٛز کریم آباد تہٕ پلووم۔

اَتھ گامس منز چھِ یٔندر ناگس لرِ لوٚر بیٚیہِ تہٕ کیہتہ ناگ۔ یٔندر
ناگس متعلق چھُ کأشرِ زبأنی ہُند اکھ اہم صوٗفی شاعر وہاب کھار
ونان سہ

یٔندرُک ناگ چھے ناگہٕ پادشاہ
ڈاے ساس ناگ چھِس تأبیاہ
اَچھِ وَل ناگ چھُس وزیراہ
ملک ناگ چھُس کٹوالاہ
ژأنہٕ شاہ صاأب غارس منٛز بوزوم
دَے یَتہٕ ٹوٗھیوم

اَتھی یٔندر گامس منز ژاوأکِس عام کرالہٕ گرس منز کأشرِ زبأنی
ہُند نامہ وار صوٗفی سوٗچھ کرال۔ أمی قلندر صفت شاعرن
گُذارٕ بینہِ ساأرے وأنس اَتھی گامَس منز تہٕ کرالہٕ کأم
کرِتھ اوس پننِ روزگار کماوان۔ وَنن وألی چھِ ونان ژاتھ
گامَس منز أسی تمہِ وَقتہٕ ہتہٕ واد عقیدت مند سوٗچھ کرأنس
نِشہِ روٗحانی فاأض حاصل کرنہِ یوان تہٕ اَوہُند ناو بوزتھ أسی

تمہِ وقتکۍ شاعر تہٕ اوٚہند گام تَس ستۍ مُلاقاتھ کرنہٕ غرضہٕ یِوان۔ اَتھی گامَس منٛز زاو تہٕ اَتھی گامَس منٛز چھُ سوچھ صاَب دفن تہٕ اَہندِس مقبرَس چھُ کلچرل اکاڈمی ییوٚر لوگمُت تہٕ از تام چھُ برابر سوچھ صابُن دوہ پرٛتھ وٕری یہِ مَناونہٕ یِوان۔ دیان سوچھ کرال اوس اَکس وٕرِیَس اکھ باہ کونٛد بیان تہٕ وٕہرِ وٕرِیَس تمےٚ باہ کنتھ پتہٕ زندگی ہندی دوہ گذاران۔ اَتھ گامَس منٛز ہرگاہ زمیندارٕی علاوٕ باقے پیشن ہندی لوٗکھ تہٕ روزان چھِ مگر کرالہٕ کاَم چھےٚ از تام برابر جارٕی۔ بہرحال پلوامہٕ ضِلعُک یہِ گام چھُ سوچھ کرالنہٕ ستی مشہوٗر۔

# سوچھ کرال

## زیوٗن تہٕ حالاتِ زندگی

کأتیٚاہ صوٗفی شاعر سٕند زاسہٕ یامَن سٕہ چھِنہٕ شیٚقہٕ پأٹھۍ موٗجوٗد تکیازِ کأتیٚاہ تہٕ ہمکال قلمکارَن لیوٗکھ تہٕ پَتہٕ وقتہٕ کیٚن شاعرن بیٚیہٕ۔ وونی تہٕ کرِتھ تہٕ چھُ کیٚنژَن شاعرن ہُند مَرن سٕہ اَوکی موجوٗد تکیازِ اُتھی دورس بیٚیہٕ چھُ عقیدتہٕ لحاظہٕ یِہٕنٛد دوہ مناوٕنہٕ یِوان۔ وونی گوو سأنی سأری صوٗفی شاعر زاییہٕ تِتھ دورس منٛز یِیلہٕ کشیرِ ووپر حکمرانن ہٕنٛدِ ذٕسی ظلمن تہٕ افلاسَن نال وۄلمُت اوس۔ کٔشیر منٛز سیاسی، سماجی تہٕ اقتصادی حالات آسۍ ابتر گمٕتۍ تہٕ اُتھی ظُلمہٕ کِس تہٕ افلاسکِس زمانس منٛز۔ چھُ سوچھ کرال ۱۷۷۵ء منٛز تولد سٕیدمُت۔ سوچھ کرال چھُ تحقیقہٕ موجوٗب ۱۸۵۵ء ییٚس منٛز رحمتِ حق بٕیدان۔

تہٕ اہتدِس مقبرس چھُ کلچرل اکادمی پیوٚر لوگمُت۔ یِمَن اوس آبأیُ
پیشہٕ کرالہٕ کار تہٕ سوچھ کرال تہٕ اوس پننین جدٕن اجدادن ہندی
پأٹھی کرالہٕ کأم کرٕی تھے یِمَن اوذقہٕ کماوان تہٕ گامہٕ گوم ییچھ منٛز
یارٕ ہیتھ آنگنہٕ پتہٕ آنگنہٕ بانہٕ کنان۔ اندازٕ لگاوِتھ ہیکوٚ یہِ
وُنتھ زِ سوچھ کرٛال آسہے سادٕ زندگی گزاران تہٕ سُے پلوٚ
پوشاکھ لاگان یِم تمہِ وقتہٕ کشیر منٛز مروج آسی۔ یعنے قمیض، پیزار
تہٕ پھیرن، کلس ٹوٗپی تہٕ کھورن کھرٛاو۔ لُکہٕ ربوایتہٕ موجوٗب
چھُ سوچھ کرال نہٕ پوٗتھٕ تہٕ نہٕ زأویُل اوسمُت۔ اُمس چھُ
درمیانہٕ قد اوسمُت۔ یہِ تہٕ چھُ وَنہٕ یوان زِ سوچھ کرال اوسہٕ
مارٕ کوکرٕ تہٕ گاڈ کھیوان۔ صرف گوڈٕ ٹھس ہاکھ آسُن سہٕ تہٕ ییٚشوٚنے۔
البتہٕ چھُ صُبحے نمازِ پتہٕ دِمہٕ ٹیوٗٹھ چیوان اوسمُت۔

سوچھ کرٛالن چھہٕ کُنہِ مدرسس منٛز کانہہ تعلیم درٕس
پٔرمٕژ مگر یِمَن اوس علمِ لدُنی حأصل۔ گیوٗن یورٕنکھ اوسُکھ
گوڈٕ پیٹھے سبھاہ شوق۔ اکثر اوس گیوٗن محفلن منٛز راتھ ژن
بِہان۔ ووٗنی ییلہِ یارٕ شأعری کرنہٕ لوٗگ تہٕ صوٗفیانہٕ اسرارن

ہُندِ سرِ گوٗس حاصِل تَمِ پَتہٕ آسہٕ اُہندِ سے گرِس منٛز۔ گیوٚن محفلہٕ لگان۔ یمَن منٛز۔ سانِین بُزرگ صوٗفی شاعرن ہُندِس کلامَس ہِتہٕ ہِتہٕ سوچھ صابَن کلام تہٕ گیوٚنہٕ پِوان اوس۔ عام لُکہٕ رِوایت چھےٚ یہٕ زِ وہاب کھار اوس پَتہٕ لوکچِہ وانٛسہٕ منٛز۔ رباب ہیچھ اکثر سوچھ صابَن گرِ گرِ شہان تہٕ تِہنٛزَن محفلَن منٛز۔ گیوان۔ یہٕ کتھ چھےٚ تحقیق تَلہٕ ثابت سپٕز۔ مگر زِ سوچھ کرال اوس محموٗد گامی سُند ہمکال تہٕ یِم دوشوٚے شاعر آسۍ اکھ اَکِس سمکھان تہٕ دیان یمِن دوٚن درمیان اوس باضے مجادلہٕ تہٕ لگان۔ دَیان اکہٕ دوہہٕ آو محموٗد گامی یہٕ زانِتھ سوچھ کرالَس نِش زِ بہٕ پرٛژھہٕ تَس اکھ سوال تہٕ محموٗد گامی اوس وونہٕ برٕ اَرشِتے زِ سوچھ کرالَن دِتُس سوالُک جواب۔

سوچھ کرالَس اوس ورٲثتَس منٛز۔ کُل بِل شِتہٕ مرلہٕ زمین میوٗلمُت۔ یُس اَز تہٕ پٹھواری ریکارڈس منٛز۔ موجوٗد چھُ یِمَے شِین مرلَن پیٹھ اوس یُہنٛد جدی اجدادی مکانہٕ۔ سوچھ کرال چھُ اَتھی جدی اجدادی شتہٕ مرلہٕ زمینَس منٛز۔ دفن۔ اَتہٕ اوس اکھ بوٚڈ بَرٕن یُس بدقسمتی کِنہٕ سانیو بے ذوق تہٕ بے مُروت کاتٕرو

حال حالے ژٹھ ییوو تہٕ دانس زول۔

دۄیان سوچھ کرٲلس اوس ماجہِ زۄن تہٕ مٲلس عارف کرال ناوُن پانہٕ تہِ شاعر تہٕ خُدا دوس اوس۔ سوچھ کرٲلس آد ییداہ ڈٕہرس خاندر کرتہٕ۔ خاندرتہٕ اوُس مال ناو۔ یوسہٕ ژوکر پلوامہِ روزن واجینۍ آس۔ اُمس چھِ ژٕ شُرۍ زامتۍ۔ اکھ لَڑکہٕ تہٕ اکھ کوٗر، یِم زن لوکٹے ییمہِ عالمہٕ گیٔہِ۔ یِہ تہِ چُھ وَنتہٕ یِوان زِ سوچھ کرٲلن موٗل عارف کرٲل اوس قوٗلی پلوامیک روزَن وول۔ دۄیان خاندرہٕ پتہٕ پندٕہن وُرییَن تام زاوٕ تہٕ اُمس کہنی شُر۔ یہٕ گوو سٹھاہ پریشان۔ اکِہ دوہہ چُھ یہٕ ژرچہٕ ہیتھ آسان تہٕ اَپارٕ آو اکھ ملنگاہ تہٕ ووٚنُن۔ کاکنہِ ماگرتھ منگتہٕ شُر۔ عارف کرال ووٚتھ جلدی تہٕ ووٚننس سے دِتہٕ راہِ خُدا بچہٕ۔ ملنگس آو عار تہٕ دِتِنۍ اُمس شرین زٕ داہ تہٕ دوٚپنس اکھ دِزٕ گرواجنہٕ تہٕ اکھ کھینہِ زِ بانس مگر بہہٕ وُہرۍ چھے بچہِ واپس دِیُن۔ نوٗر یتھ ادا گرتہٕ ھتھ چھُ سوچھ کرال تھنہٕ پیوان۔ اُمس تھوٗوکھ اسمالہٕ ناو۔ ییلہِ سوچھ کرال شُہ وُہر ووت یہٕ آو ژاٚڑہٕ ہال ترٲو تہٕ۔ اوخن

صاَبن وۄنُس سبق ۔ الف تہٕ ب پۄرُن تہٕ کرُن ژھوپہٕ ۔ اوخن صاَبن لوٗئیں تہٕ مگراَمی پوٚرُس تہٕ اَمہِ اورکیتھہٕ تہٕ لوٗگُس وَنہِ کہ

پانہٕ وُہر ماَلی ماجہِ تزوٚنس ژاٹہٕ ہال اوختن دوٚہِم الف تے ب
اَمہِ اورکیتھہٕ نا ژھم پَروتیے اَخر گرہٕ ژھُم گرشھوتیے

اَمہِ پتہٕ وۄن اوخن صاَبن عاَرف کراَلس یہِ اسمالہٕ پَرِی تہٕ کیتھہٕ ۔ اُمس چھِ یورِ سبق وَنان تہٕ یہِ چھُ اورِ شارِ وَنان ۔ ییلہٕ تہٕ سوچھ کراَلن سبق پَرُن مون ۔ عاَرف کراَلن لوگ ووٚنی یہِ نینِس کارِس ۔ سوچھ کراَل چھُ ووٚنی عارف کراَلس سٟتؠ کاَم کران ۔ یتِس کاَلس ووت یہِ یہٕ وُہر تہٕ ملنگ بیوٚو وآتھہٕ ۔ عاَرف کراَلس دوٚپُن دِن سامیٚ پَنُن امانت ۔ عارف کراَل چھُ سوچھ کراَلس ملنگس حوالہٕ کران ۔ ملنگ چھُ اُمس گامہٕ پتہٕ گام پھِرناوان تہٕ گرِ پتہٕ گرِ نوان ۔ اکھ دوہ چھُ بنان ملنگہٕ چھُ اُمس ییندرگامس منز واتناوان تہٕ دیان چھُس تہٕ کرووٚنی یتھی قرار ۔ سوچھ کراَلن مول موج تہٕ چھِ اَتھی گامس منز لبتہٕ یوان ۔ ییندرَے چھُس مول موج قوِیل گامچہِ اَکِس لڑکی سٟتؠ نکاح کران ۔ سوچھ کراَل اوس

درویش صفت انسان ۔ تمِس اوس عشقٕچ دود سٕنتھ گومُت ۔
اُمِس چھِ خاندر کرٕنۍ متِس سٕتھ وٕرۍ گرٛژھان ییلہِ اُہند سِرِس قاش چھُ گرٛژھان ۔ اُہنز زنان چھےٚ پتہِ ہشہِ ونان زِ سوچھ کرال چھُ کالہٕ بسترس منز ۔ اَژان تہٕ راتس چھُ جز کور گرٛژھان پلو چھس بسترس منز آسان ۔ دیان اکہِ دوہہ رٕوٚد عارف کرال اُمس پتیٖس ۔ ییلہِ سوچھ کرال شونگ تہٕ گوو غائب ۔ عارف کرال تہٕ اوسہٕ لوتہِ پایہِ ۔ تمِ تہٕ کوٚر پردٕہ تہٕ ووت تتھ جایہِ یتہِ سوچھ کرال اوس ۔ اُمۍ وُچھ یِہ مومن صٲبس کھوٚرن راتس پھش دِوان تہٕ بانگ پرتھےٚ نیران اَتہِ ۔ عارف کرالَن کوٚر نہٕ اُمس کہنی شکھ تہٕ دٕژاو واپس گرٕ وٲتِتھ دوٚپنس اگر ژٕ مومن صٲبس نشہِ گرٛژھان چھُکھ' دوہس آسِ زِ گرٛژھان مگر راتس اُسی زِ گرۍ بہان ۔ سوچھ کرال گوو یِہ لوٚزِتھ ژاران زِ اُمس کمۍ ووٚن تہٕ دٕژاو نہٕ وورٕے مومن صٲبس نشہِ تہٕ یِہ سِلسِلہ رٕوٚد پتہٕ جٲری ۔

# سوچھ کرٛن

سوچھ کرال اوس اوٚسے درویش صفت انسان۔ کامہٕ کارس ستی ستی اوس ذکرِ الٰہی ییٚس منز محو آسان۔ کینژن بزرگن ہُند گُف چھُ زِ سوچھ کرال زاد قویل (پلووم) گامس منز تہٕ وُنہٕ اوس داہ وُہرے دیان اَپاری آواکھ ملنگ۔ اَمی ملنگن اوٚن یہِ شُر نادِ دِتھ تہٕ دوٚنیٚس تیٚسے کیاہ چھے ناو۔ یہِ ووٚتھُس مےٚ چھُ سوچھ کرال ناو۔ ملنگہٕ ووٚتھُس سوچھ کرال نہٕ کینہہ بلکہ سوچھ لعل۔ اَمہِ پتہٕ کوٚرنُس نالہٕ موٚت تہٕ اَتھی ستی گو ملنگ غاب۔ سوچھ کرالن ووٚنی یہِ دلیل مالِس۔ اوہند مول عارف کرال اوس پانہٕ تہٕ خُداوس تَس تر کتھ فکرِ۔ سُہ ووٚتھ سوچھ کرالس زِ تژے چھے پیر کرٛن سُے وٚنی تژے اَمیک جواب تہٕ بنیہِ چھُ اَسہِ یہِ گام ترٛاوِتھ بنیِس گامس کُن ہجرت کرٛنی۔ اکِہ رِوایتہٕ موجوب چھُ وَنہٕ یوان زِ اَمہِ پتہٕ ہیوٚت اَمی ہندی مالی یندرلو امہ بٹن لٔتشہ کینہہ زمین ملہ تہٕ

رۄدٕ اتی روٗزٕ زوٗ کران۔ کیٚنہہ کال گژھِتھ چھُ سوچھ کرالس مول عارف
کرال موٗمن صابس[۱] نِشہِ گژھنُک اجازت دِوان۔ یُتھے سوچھ کرال
موٗمن صابس نِشہِ گو۔ موٗمن صابن وُنُس زِ کانہہ زِ کتھاہ۔ صرف
دوٚیْمِس جچِر آب اَنِنہٕ بابتھ۔ دَپان سوچھ کرالن اوٗن جچِر آب تہٕ بوٚنِس
تموکھ۔ موٗمن صابن وۄن سوچھ کرالس تمٚا کی داماہ چیٚنہٕ بابتھ۔ سوچھ
کرال یوٚدوے تموکھ چیوان اوسہٕ مگر موٗمن صابنِس وَنِنس پیٹھ
چیٚینَ زِ ژور داماہ تہٕ اَتھی ستی گوس بدٕے عالم طٲری۔ یام اَمِس
ہوش آو۔ اَمی ستر کیفیت اَس بدل تہٕ لوگ اَتھی عالمس منز۔ وَنِتہ ہ

پان ہے ہے چھکھ ماران میٔنے
زُو تہٕ جان وَندے میانہِ پیرو ژیٚنے

تہٕ تھ پاٹھی اوس موٗمن صابہٕ اَوٚہند مورشِد۔ اَمیُک تصدیق چھُ ناجی

---

[۱] موٗمن صاب اوس بیب گام پلوامہ روزان۔ اَوٚہند شمار چھُ گوڈنکین
صوفی شاعرن منز۔ کرم بلندتہٕ اوس اَوٚہند شاگرد۔ اَمی چھُ شیخ فریدالدین
عطار سِنز مثنوی منطق الطیرُک اکھ حصہ کاشرِس منز ترجمہ
کوٚرمُت۔

منوّر تہٕ پروفیسر شفیع شوق یمن لفظن منز کران :

"مومن صاأب آسی بیہ گامہٕ روزان تہٕ محمود

گأمیس برونہہ چھِ آسی متی۔ یہنز زندگی متعلق چھےٚ

سیٹھاہ کم خبر اَتر تہٕ کلامہٕ رنگی چھِ کٔرتھ تام باتھے اَتھِ آمتی۔

وَنہٕ چھِ لیوان زِ یم آسی محمود گأمی، سوٗ چھِ کراں تہٕ کرم بلند

ہندی موٗرشد۔"[۱]

سوٗ چھِ کرالن پرأد مومن صأبس نِشہٕ روٗحأنی تربیت۔ مومن صأب

چھُس روٗحأنی تربیت کرِتھ بأطنی گاش ہاوان تہٕ رہبر بنِتھ رہبری کران۔

سوٗ چھِ کراں چھُ ییٚمہٕ کتھِ نِشہٕ باخبر زِ یوٗتام نہٕ رہبر مختلف رازن تہٕ وتن

زأنی یاب کرِہس توٗتام ہیٚکہِ نہٕ اکھ سالک اصلس تہٕ قراخس منز تمیز کرِتھ

تہٕ دِلچ گٔبہٕ دوٗر کرِتھ۔ تہٕ توے چھُ سوٗ چھِ صأب وَنان ؎

بے زان بَرتھ ہون زن ڈولان

چھُم نو کانہہ ہوان ناو

---

[۱] ناجی منوّر، شفیع شوق، کأشرِ ادبک توأریخ، ۱۹۷۸ء، کأشُر ڈپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی سرینگر، صفہٕ ۵۳، ۵۴۔

باعمل کم گےٚ نوٚن اَدٕ دژاکھو

ژےٚ نا یاد روٗدٕے کیہہ

اَمہِ علاوٕ چھِنہٕ ترٛشہ کانٛہہ داخلی یا خارجی شہادت میلان یتھ منٛز سوچھ کرٛال نہٕ بێنِہ کالسہِ مورِشد سُند ذکر آسہے۔ لہٰذا چھےٚ یہے کُنہ رلوایتھ صحی باسان زِ تَس چھُ مومن صابٕنۍ روٗحانی مورِشد اوسمُت۔



معراج ترکوی

ستمبر ۸۶ء

# رِیاضَت

سوچھ کرال اوس اسلامی شریعتُک زبردس پابند
تہٕ شریعتکی ساری ارکان اوس اَکِس پزِس مُسلمان ہندی
پأٹھی پالان۔ درگاہ شریف حضرت بل اوس اکثر ووہٕ کھلی
جمعہ نماز پرنہٕ گژھان۔ سوچھ کرالَس گرِس اَندی کِھچ آسہٕ
بوتِہ یمہِ وُنہِ تہٕ موجود چھنٕہٕ۔ اکثر اوس یمتے بوتمن تل ریاضت
کران۔ یِندرگامس منز چھِ واریاہ ناگ۔ سوچھ صاحب
اوس یمنے ناگن پھیران آسان تہٕ ناگے بیٹھ اوس عبادت
کران۔ دوہہٕ اوس اَکِس عام فردہندی پأٹھی پنُن اوذقہٕ
کماونہٕ تیران تہٕ راتس اوس ریاضتس منز محو روزان۔
....... یہِ سوُرے کیہنہ آسِتھ اوس سوچھ کرال درویش

صفت انسان تہٕ تَس اوس روحانی کمال حاصل تیتھ۔
مشہور کٲس دور دور تام۔ تَس آسی وارِیاہ مُرید۔ یُس
تہٕ کانہہ حاجت مند اوس یوان تَس اوس حاجت پٕران۔
وَنہٕ چھُ یوان تَتھ کمالات، عبادت تہٕ ریاضت
آسہٕ تمہٕ وقتہٕ کین پیرَن ٹارِ کھسان۔ تمَن اوسہٕ یہ
برداشت گژھان۔ تم آسی سوچھ کرالس رنگہٕ رنگہٕ مخالفت
کرنس ستی ہتی سبھٹاہ ستاوان۔ دپان اکہٕ دہہ کھول یمو
پیرَو سوچھ کرال کھرس۔ وق اوس صُبحُک مگر کھر وۄتھ تہٕ
شام تام تھوٚڈے۔ پیر چھِ سوچھ صأبس کھرٕ پیٹھ یون وسہٕ
بایتھ وَنان مگر سوچھ کرال چھُکھ درجواب دپان زِ توہی
بہنوٚوس کھرس پیٹھ تہٕ کھر تہٕ تُلِوون تُہی تھوٚڈ۔ سبھٹاہ زار
پار تہٕ عجز و زاری کرتہٕ یتہٕ چھُ سوچھ کرال کھرس دپان تہٕ
وۄتھ ووتی تھوٚڈ، ژٕنے لوٚگ میانہٕ طرفہٕ سبھٹاہ اِذا۔ کھر
وۄتھ تھوٚڈ تہٕ اِذا دِتہٕ وٲلی گیہٕ شرمندہ۔
سوچھ کرالی شاعری پرتھ چھُ باسان زِ تَس

چھُ رۄحانی کمال حاصِل اوسمُت۔ تہٕ تصوفکی ساری مقام چھِن سٕہ کرٕی مِتی تہٕ تِمن سارِنے مقامن ہُند اظہار چھُ اُہند شاعری منز۔ اکہِ تہٕ بیٚیہِ طریقہٕ سیدان۔ ساری ہے وآنسہٕ پٔتِمہِ زندگی خدا تعالیٰ سنز۔ رضامندی بایتھ صرف کرٕن وول سو چھِ کرال چھُ اکھ باکمال رۄحانی متش اوسمُت۔



# سوچھ کرالہٕنز



سوچھ کرالس نِش آسی بےشُمار عقیدت مند یوان مگر فقط چھُ کیتھ٘ن ہُند ناو ویوٚد۔ یمن منز صدیق کراڈ (پاندچھ) شعبان صوٗفی (نوپوره ترال)، رحمان صأب (پنگل گام پلووم، خوجہ امیر (امام صأب شوپیَن) تہٕ یدٕ کرال (وانپوره پلووم) قابلِ ذکر چھِ۔ یدٕ کرال تہٕ اوس شأعری کران۔ اُمی چھِ واریاه بأتھ وُنی متہٕ۔ یِہُند مشہوٗر بأتھ چھُ یہٕ

| | |
|---|---|
| مارٕ کُرتھس گٔیِس لاچارے | بال پیارے حضرتبل |
| کمہٕ نعمتہٕ کرٕ ہی وے تیارے | بال پیارے حضرتبل |

باغِ حرمس نیم ہالہٕ تارٕے — زاگہِ روزس دوہ تےٚ راتھ

لاگہٕ کس پان تمہِ کے امارٕے — بال پیارٕے حضرتبل

یا

مارٕمتہِ یارو بوز میانی زار

وہلہٕ عار اوے نو میو نویے

ہکہٕ وٕنہٕ نِس متے رٲدُم نو وار

ہُکہٕ ہُکہٕ آم ودو نویے

یہٕ کرانٛس متعلق چھُ وَنہٕ یِوان زِ سُہ چھُ یَنہٕ وقتُک مشہور گیوَن وول تہِ اوسمُت تہٕ سُہ اوس اکثر پننِس مورشدس وچھ کرانس گیوان۔ یہٕ اوس سُہ زمانہٕ ییلہِ پیر مُریدی ہُند چلے جاو اوس۔ یِتھ کانٛسہِ صوفی بُزرگس آسہِ طالب آسان یِم پننِس پیرس خدمت کران آسہِ تہٕ تِہندی سے نقشِ قدمس پیٹھ پکان آسہِ۔ ووٚنی یِم صوفی بُزرگ آسنس ستی ستی شاعر تہِ آسہِ آسان تِمن تہِ آسہِ مریدیا طالب آسان۔ یِم طالب آسہِ باضے گیوَن والی تہِ آسان تہٕ بلضے شاعر تہِ۔ یِم پننہِ سارٕے زندگی مورشد سندس ڈیس پیٹھ گذاران آسہِ۔ سو چھ صابی

تہٕ اَسی واریاہ طالب چھِ یم ساری طالب اَسی ینٛتھ مورشدس نِشہٕ روٗحانی فاٗض حاصل کران۔ تہٕ اَہنٛزن روٗحانی مجلسن منٛز روٗزِتھ اَہنٛدی روٗحانی تجربہٕ کران۔ ممکن چھُ سو چھ صابس آسہن بنیہٕ تہٕ واریاہ مرید مگر واریاہ وَق گُذرنہٕ کِتہٕ چھُتہٕ سارِنے ہُند حال اوحال پے مگر تہٕ کرِتھ تہٕ یِمن طالبن ہُند ناو ہیٚر کنہٕ منٛے ہیوٚت تمن ہُند ناو چھُ اَز تہٕ اَتہٕ کیٚن بُزرگن زبانہِ بیٚٹھ۔ مگر یدکر اَس وَراے چھُتہٕ شاید اَدٕ ہند بنیہٕ کاٗہہ طالب شاعری کران اوسُت۔



# سوچھ کرالنٕ

اَرداہمہِ صدی منز۔ ییٚتہِ اکہِ طرفہٕ ظُلم و قہرُک ہوٗل ہالے آس
تہِ اوس اَتھی صدی منز۔ صوٗفی بُزرگن ہُند گرٛزِ تہِ۔ یِم دُنیاوی
معاملاتَن نِشہِ بے خبَر آسی۔ روٗحانی ترٛبیٚژ منز۔ محو روٗزِتھ چھِہ
یِم باطنی کاشہِ سِتیٚ پننٕ اوٚند پوٚک مُنوَر کَران۔ سوچھ کرالس
چھُہ اَتھی صدی منز۔ زَنَم پرٛاوُنُک شرف حاصِل۔ ییٚتہِ اکہِ طرفہٕ
محموٗد گامی یَتہِ صلاحیژ سِتیٚ کشیٖر منز۔ علم وادبُک ژوٗنگ زالان
چھُ تہِ چھُ کرم بُلند، تہِ شاہ قلندر عرفانی تجربٕن زلوٗدِتھ اَسہِ سرتاز

کران۔ محمود گامی اوس سوچھ کرٛالس سَخ یار۔ یِمَن اوس پانہٕ وٲنؠ یُن گرٛژھن تہِ۔ کرم بُلند تہٕ شاہ قلندر تہِ اوس سوچھ کرٛالس ہمعصر۔

یہِ اوس سُہ دور یٚیلہِ صوٗفی شاعری ہُند گرٕز ژہ پٲری کٔشیرِ ہُند رۄحٲنی فضا معطر کران اوس۔ اَتھ دورس منٛز یِم شاعر وُتھی تِم چھِ کاشُر صوٗفی شاعرِ یہِ ہُند دامانہٕ وُسیع کرِتھ کلٲم پاٹھِ کاشرِس ادبس اکھ موٗلُل بُرژر کران۔ یوٚدوَے تاریخی طور یہِ شہادت چھےٚ نہٕ میلان زِ یمَن شاعرن اوسا پانہٕ وٲنؠ یُن گرٛژھُن یا مُلاقاتھ سپدان مگر کُنہِ رِوایژن منٛز چھُ یِہندِ مُلاقاتُک یا یِہندِ باہمی تعلقُک ذکر میلان۔ بیاکھ کتھ چھےٚ یہِ زِ تِہنٛز شاعری پرِتھ تہِ چھُ یہِ احساس سپدان زِ یِہندِن خیالَن منٛز چھےٚ ہم آہنگی تہِ تِہنٛز ورتاوٕنۍ صوٗفیانہٕ ترکیبہٕ تہٕ اصطلاح چھےٚ مشترکہ تہٕ باسان چھُ یِم آسۍ اکھ اَکِس نِش مُستفید سپدان۔ یِمَن ہمکال شاعرن منٛز چھُ سوچھ کرٛالس اکھ الگ مقام۔ اَمی سٕنٛز شاعری چھےٚ صوٗفیانہٕ زاوِیہ جارَن تہٕ اسرارن اکِہ منفرد اندازٕ باوتھ کران۔ سوچھ کرٛالنہِ

زبان چھےٚ مختلف تہٕ تِمہٕ یِم استعار، تشبیہہ تہٕ اصطلاح ورتاوَن

چھےٚ تِم چھےٚ مُشترکہٕ آسنہٕ باوجوٗد تہٕ منفرد۔ یعنے شاعر چھُ تِمن

اَکِس الگ معنیس تہٕ مُنفرد مزازس تہٕ لحٔجس تحت ورتاوان۔

پتِمین ہمعصر شاعرن منز اوس سوچھ کرال عوامی سطحس پیٹھ تہٕ

مقبوٗل۔ ہرگاہ اَتھ دورس منز محموٗد گامی سارِنٕے کھۄتہٕ کٔشیر منز

مقبوٗل تہٕ معروٗف شاعر اوس مگر سوچھ کرال تہٕ اوس عوامی

سطحس پیٹھ مقبوٗل گوٚو مُت تکیازِ اَتھ دورس منز اوس صوٗفی

شاعرن ہُند مزاز۔ لوٗکن منٛز مقبوٗل سپُدمُت تہٕ صوٗفیانہٕ

مجلسہٕ آسہٕ لگان یِتہٕ سوچھ کرالنی باتھ گیونہٕ یوان آسی۔ دوٚیِم

یہٕ زِ اوٚہُند روٗحانی مرتبہٕ تہٕ اوس بُلند تہٕ اَمہٕ اعتبارہٕ تہٕ اوس

سارِنٕے کھۄتہٕ کٔشیر منز سوچھ کرال زانہٕ یوان۔ اَمہٕ لحاظہٕ چھُ سوچھ

کرال بَننہٕ دوٚرُک اکھ اہم صوٗفی شاعر گنزرنہٕ یوان یَمہٕ

کلہم پاٹھی کاشرِس شارادبس اکھ موٗلُل اضافہ کوٚر۔ اَمِنٛدی ہمعصر تہٕ

چھِ اَمِس بہلہٕ پایہٕ شاعرس نِشہٕ مُستفید گامتہٕ۔

## سوچھ کرالنی

# کمالات

سوچھ کرالس نِش آسی سیٹھاہ لوکھ یِوان گژھان ۔ یِمَن اُمِس
سِتی واریاہ عقیدہ اوس ۔ دَپان اکہِ دوہہ آیہ سوچھ کرالس اکھ ہَتھ تہٕ
کاہ نفر ۔ یِمَو اوس گری فاصلہٕ کوٚرمُت زارٕ کھمَو سوچھ کرالس نِشہِ
یِنہٕ تہٕ چایہِ تہٕ چیمَوس ۔ دَپان یِیلہِ یِم یُتھی اور واتی ۔ اَمہِ ساتہٕ آس
سوچھ کرالنہٕ خاندارنہِ لوکٹ کتر نیٚتس منز چایہ پیالہٕ تار لاگمٕژ ۔
سوچھ صابَن یِیلہِ یُتھی وُچھ ۔ اُمی ووٚن خاندارنہِ اَتھ پیٚتس
وُنی تِ سوچھ کرال چھے دَپان تِ ساری یُتھی چاوِ تِ رکھ چلے ۔
اُہتر خاندارنہِ ووٚن پیٚتس ییِ یہ سوچھ کرالن ووٚنُس ۔ اَمہِ پیٚتہٕ

لاگن بسمہ اللّٰہ کرِتھ پرٛن چاے پھرٕنۍ۔ دپان سارِوۍ چھِنہٕ
زور زور پانژھ پانژھ پیالہ مگر پرٛٮ۪س منٛز۔ اُس تو تہٕ چاے
موجوٗد۔ اَمہٕ پتہٕ ییلہِ بتہٕ موقع ووت تہٕ سوچھ کرٛالن ووٚن خانداریہ
بیٚیہٕ کٔنِس تَل ییٚنہِ وَن سوچھ کرٛال چھےٚ وَنان زِ سارِنے پرٛن درِ
بتہٕ۔ اَمہٕ پتہٕ لوگ اَمہٕ بسمہ اللّٰہ کرِتھ ییٚنہِ منٛز۔ بتہٕ شیرٕن۔ پرٛھبو
کھیو و یڈ برٕتھ بتہٕ۔ مگر اَتھ ییٚنہِ گیہٕ نہٕ کانٛہہ کمی۔ پرٛتھ گیہٕ حاران
تہٕ لگی سوچھ کرالس وَنہٕ زِ اَسہِ درِ معافی۔ اَسہ اُس نہٕ یہِ خبر زِ تُھکھ
اَتھ کمالس پیٹھ۔

سوچھ کرالس چھِ واریاہ کمالات ہاوِی متی یِمہٕ کِنہِ یِم
سیٹھاہ مشہوٗر آسی مگر رتن پورٕکین پیرن اوس نہٕ یہِ برداشت گژھان۔
تِم آسی سوچھ کرالس رنگہٕ رنگہٕ ستاوان تہٕ اُمس خلاف ژٕویہِ کران۔
دپان سوچھ کرٛال گو واکہِ دوہہ بانہٕ ییٹ ہیتھ رتن پوٗر۔ اَتہٕ وُچھن
موہتوی پولسہٕ داندس کھکھ بکناوان۔ سوچھ کرالن ووٚنُکھ اَدٕ با
اُمی داندن کیاہ کوٚرُو توہہ اُمس چھوٗ کھکھ دِوان۔ یِموٚ ووٚنُس کرالا
ییٚر بانٕس زرٕ گیاہ اَتھ ہتہٕ۔ یہِ دارِو تہٕ مالکس واریاہ۔ یہِ موٚد

توٗے چھِنِ کھکھ پکناوان۔ دٕپان سوچھ کرٛالن تھٲو بانہٕ ہیٹ پھٔر
تہٕ ووٚتنُن داندس۔ تتہٕ یاو وٲتھ خُدایہ سٕندِ حکمہٕ تھوٚد۔ مٲلکس گرگوڑٕ
پٔتنُن حق ادا۔ یہِ دارٕہَس تہٕ دِس۔ دٕپان داند گوو تھوٚد وٕتھِتھ تہٕ
گوو مٲلکہٕ سٕندِ گرِیُس تلہٕ ووتی اوس۔ یِتھےٚ سوچھ کرٛال واپس آوا تہٕ
وُچھن بانہٕ ہیٹ خٲلی۔ یہِ آو ژھوٚرُے گرٕ واپس۔ سوچھ کرٛالُن
کمال وُچھِتھ روٗز رتنٕ پور کین پیٖرن ہمِنٕ ستی سٕتی تنگ۔ دٕپان
سوچھ کرٛال گوو دوٚیمہِ دوہ بانہٕ کھتہٕ رتنٕ پوٗر۔ اَتہٕ کھوٗ پیٖرو
روٚٹھہٕس کیا ہتام ہتھ تہٕ دِتی ہس سٕتی چوب۔ سوچھ کرٛالَس گوو
زبردس پرتیاہ۔ اَمی تُلی اَتھ ژھوٚد تہٕ دوٚپُن خدایا" ژارس کر
تھوٚپ تہٕ رتنٕ پوٗرس ہیٚہ ژوٚپ"۔ دٕپان ژارس اوس اَمہٕ
ساہٕ زبردس نار چلان۔ اَز قُدرت گوو ژارس نار بندٕ تہٕ لکرٕکون
اکھ آو دٕزان دٕزان تہٕ بیوٗٹھ رتنٕ پور اَکس پیٖر گرس پٮ۪ٹھس۔
اَتھ مکانس ہیوٚتُن نار۔ اَمہٕ وِزِ ڈٕزی رتنٕ پوٗر کی تمام پیٖر گرٕ۔ اَمہٕ
واقعہٕ پتہٕ آے پیٖر سوچھ کرٛالَس نِش تہٕ منٛگن ہس معافی۔ یِتھےٚ بیاکھ
واقعہٕ چھُ یتھ کٕنی یئیمیک برونہہ تہٕ ذکر سپُد۔ دٕپان اکِہ دوہہ

کوٚر رتَن پورکیو پیر وسوچھ کرال کھرس کھالنگ تہٕ پیٚتہٕ یہِ اُڈٕ اُڈ
کڈنگ مشورٕ۔ یمو تھوو کھر تیار۔ یُتھےٚ سوچھ کرال آو، یمو دوٚپہس
یا کھس کھرس نہٕ تہٕ چھرٕ ہوتھ نہٕ زِندٕ۔ دیان سوچھ کرال وۄتھ کھ
کنہٕ چھُ کھر۔ پیلہِ یمو سوچھ کرال کھرس نشہٕ واتنوو۔ سوچھ کرالن
ہیوٚت کھرس کھسُن تہٕ کھر گوو یکدم رٕہتھ۔ یمو لوٚے کھرس زبردس
مگر کھر چھُنہٕ ہرگز تہٕ تھوٚد وۄتھُن مانان۔ یمو کوٚر مشورٕ شاید گوو
سوچھ کرال وُچھتھ کھر ہیتھ۔ لہٰذا انون اَسی بدل کانہہ۔ وُچھو کھر
ماوٕ تہٕ تھوٚد۔ یمو اوٚن رتَن پورٕ یک زُیٹھ تہٕ کھوٚلکھ کھرس یتھےٚ
یہِ کھرس پیٹھ بیوٚٹھ کھر وۄتھ تھوٚد تہٕ چھُ ژلان۔ اَمس چھُنہٕ کہنے تہٕ
پوشان یوٚتام تہٕ اَمی یہِ شخص لیتھ نوو۔

یتھےٚ پاٹھی چھُ بیاکھ عقیدٕ عام لُکن منز مشہور۔ دیان سوچھ
کرال اوس اکھ دۄہ یاہٕ تھران۔ اَمس نش آیہِ اکھ زمیندار یاے
تہٕ تجس ؤہنہٕ کرالہٕ بایا گاو روٗٹ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ پتہٕ مہ ہفتہٕ پیٹھ
دۄد۔ سوچھ کرالن دِژہس دِل تسلی موجوب میٚنٕز رُتھا تہٕ دوٚنیس
گاو ؤتی زِ کنس تَل سوچھ کرال چھےٚ دیان تَتہٕ بٹھک دۄد دِسوُرے۔

گرٕواہتہٕ وُنے وۄن اَمہٕ گاو برابر تی یہٕ سوچھ کرٕالَن وۄنُس۔ گاو لوگ
دوٗد دِیُن۔ اتہٕ پیُس تہٕ باپتہٕ اوس سُہ آو برٕتھ۔ گاو چھیپہٕ دوٗدُرکاوان
چونکہِ سوچھ کرٕالس اوس دِچھِن اُچھَن گاشِ تمی ترٕاو گری لبہٕ چیات
تہٕ وۄنُنَس بس کرٕ وۄنی چھُنہٕ بانے۔ گاو رُکو دوٗد۔

سوچھ کرٕالُن بیاکھ اہم واقعہ چھُ یتھ پاٹھیُس ابتدٲئی
دورُک گنٕز۔ راوِتہٕ چھُ پوان۔ یہٕ چھُ تمہٕ دورُک واقعہ ییلہِ سوچھ
کرٕالن پیٛر کوٚرمُت اوس۔ دپان اکِہ دوہہٕ آو اکھ حاجی صاب
سوچھ کرٕالس روخصتس۔ اُمی وۄنُس گژھ خدایس حوالہ میانی
وٚنی زیس گُلی ژٕ گنٛڈِتھ سلام۔ دپان یُتھے حاج صاب مدینہ
شریف ووت سوچھ کرٕال وُچھن پانس بر ونہِ ٹھ کنہِ نماز پران مگر
سلام پرٕی تھے غاب گژھاب۔ اور ییلہِ یہٕ حاج صاب آو۔
اُمی وۄن سوچھ کرٕالس کم از کم وٚنی ژٕہ ماسے تہٕ ژٕ ترٛےتہٕ پچھے
حجَس گژھن۔ یکہٕ وٕرٕ گژھتھ ہو۔ سوچھ کرٕالن وۄنُس ژٕ بہٕ اوسُس
تہٕ حجَس۔ مگر اُمس شخصس کنہِ ییہٕ ہے یقین تکیازِ اُمی اوس پانہٕ
یہٕ حجَس مژٕ وُچھمُت۔ اُمی موٚنُس تہٕ کیہنہ۔ اَمہٕ پتہٕ وۄنُس سوچھ

کرٲلن ژٕ کرکھ سرٕس فاش ۔ ژٕ گرٕژھکھ چور گرٕژھن ۔ یہِ شخص
گوٚو چور تہٕ یتھٕ کٔنہٕ گوٚو تہٕ اَہندِس سرٕس فاش ۔

دراصل چھِ سانٛی صوٗفی بُزرگ تِم یِمَن روٗحانی کمال حاصِل
اوس اما پوٚز یِم اَسی تہٕ کشفہٕ کراماتن ہندی قٲیِل بلکہ پَتہٕ پاٹھِن یَنہٕ
خُداگاران ۔ مگر تہٕ کرٕتھ تہٕ چھِ سانِہن روٗحانی بُزرگن ستہِ اَمہِ قسمہٕ
کشفہٕ کراماتہٕ وابستہٕ یِم لوٗکن منز ازتام عام چھےٚ ۔ سوٗ چھِ صاب
اوس باکمال صوٗفی بزرگ تہٕ ووٚنی یِیلہِ مجبوٗر گوٚو تہٕ اَتی بیوٚس
کٕنہِ وِزِ کاتہٕ روحانی کمال ہاوُن ۔ نتہٕ ہرگاہ وُچھو اَہتر شاعری
چھےٚ پانہٕ اکھ کرامات ۔

# گُنیٖژرٕن باتَن ہنٛد شانِ نُزوٗل

یِہ چھُ پَزر زِ شاعَر چھِ عام انسانہٕ سندِ کھوتہٕ حساس
آسان تہٕ یُہَے چھُ وجہ زِ سُہ چھِ عام لُکو نِشہِ پَنُن الگ دُنیا
بَساوان مگر بُنیادی چھُ سُہ تہِ تمی سماجُک فرد آسان یُس سماج تہٕ
اوٚندپوٚک تَس زبہٕ گرِ پیٚٹھے باگہِ چھُ آسان آمُت۔ تَس تہِ چھُ
یِمنے جذباتَن، تمنے خاہشَن تہٕ تمنے غمَن ہُند مقابلہٕ کرُن پیوان
یُس اَمہِ سماجکِس اَکِس عام فردس کرُن چھُ پیوان۔ مگر یم جذبات
خوٚشی، غم تہٕ احساسات چھِ تَسندِس اندرٕ وُنس آوران تہٕ تسندُ
سوچ چھُ تخلیقی شکل پراوان۔ تہٕ اکہِ نٔہ بیٚیہِ رنگہٕ چھُ سُہ پننہٕ شاعری
منز اَمیُک اظہار کران۔ سو چھ صاٚبن یوسہٕ تہٕ شاعری کرُتھ منز
چھُ تمن سارنے چیزن ہُند اظہار یم تمُ محسوس کرٕ ی۔ دیان سو چھ کرال

اوس اکثر جمعہ نماز حضرت تبل درگاہ پران۔ اکہ دوہہ ییلہ یہ نماز
پرٕتھ سپدیوو۔ اُمی ترآو آسمان کُن نظر تہٕ کینہ کاڈِلپتے لوگن وَنُن

یمی وُچھسے چھُ وَنان
وُچھون باغہ سُلیمان
پھُلتھ آمت گُلستان
وُچھون باغہ سُلیمان

دیان لُکو کرٕ سوچھ کرالس تھپ تہٕ دوٚہس ژٕ کیاہ وَنان۔ یہ کتہٕ
چھُ حضرت سُلیمانؑ وڈان۔ اَسہ ہاو معاملہ بڈٕ لو۔ کتھ واتہٕ امام صابس
پیٹھ۔ امام صاب ووٚتھ سوچھ کرالس اگر ژٕ یہ ووٚنتھ، اَسہ تہٕ ہاو۔
دیان سوچھ صابن کرنوو امام صاب سژان۔ سژان کرتہٕ پتہٕ چھُ امام
صاب سوچھ کرالس لنش پوان۔ سوچھ کرال چھُس ونان۔ کرمے
اَتھس تھپ تہٕ اَچھ ژٕ وٹھ۔ ییلہِ بہ مژراوٕ تہٕ باپتھ وَتے اَدٕ مژراوِزٕ
اِمام صابن کوٚرتی۔ اَمہِ پتہٕ چھُ اِمام صاب حضرت سُلیمانس آسمانی
وُڈان وُچھان تہٕ اُمس پتہٕ پتہٕ جاناوار، جن تہٕ پری یہ روٚف
کران۔ کیہنہ کال پتہٕ چھُ سوچھ کرال امام صابس اَچھ مژ رتہٕ

باپتھ وَنان۔ اِمام صٲئیس چھُ ہوشس یوان یہٕ اُمس نِش تربیت
پراوان۔

سوچھ کرال چھُ اَکس شوٗدِس تہٕ پزِس انسانس ہندی
پاٹھی پننہٕ اندروٗنچ باوَتھ کران۔ سُہ چھُ زانان زِ مذہبُک
استحصال کرن والین چھِ سیاہ دِل آسان۔ سُہ انسان
یُس زبٲنی زبٲنی مذہبُک پرچار کران آسہِ تہٕ مُسلمٲنی ہُند دعوی کران
آسہِ مگر لُکن ہُند حق کھوان آسہِ تِمَن مذہبی استحصال کران
آسہِ، تِمَن اِذا واتناوان آسہِ، فتنَس تہٕ فسادس لوٗر آسہِ سوچھ
کرال چھُ تِمَن کُن مُخاطب سَپدان ؎

خوٗدی ترآوِتھ لاہوت پرتو　　　سرتو اللہ ہو

اَدٕ پاک سَید کھ ہا ناپاکو　　　ژٕ نےٚ نایاد روٗدے کیہنہٕ

دِیان اکہِ دوٗہہ گوو سوچھ کرال بازرٕ تہٕ تھُرتہٕ خاطر میٚژرٲنہٕ۔
موج اُہمس ستیٚ۔ ییٚتھے یہِ گوپھِ منز۔ ژاو تہٕ کیہنہٕ کال گژِھتھے
ووٗتُن یہِ بٲتھ ؎

گوپھِ پیٚنتے ژالیوس جلس　　　ژھینیہٕ ژھیپرے منّے گیند مَیے

گوپھِ پھیٚنے گاہ ہز میلتھ کلُس　　　روٗمبلس کیاہ وُچھ مَیے

دیان اُہتر۔ موج گیہِ پریشان ییلہِ یہ سوچھ کراں اوہر واپس جلدی دڑاہ وے۔ یہ گیہِ اکس بزرگ بٹس نِش، ییمی سُند ناو جانکی ناتھ اوس۔ تَس ووٚنُن زِ سوچھ کرٛال تراوگو پھِرِتھ۔ مگر تورِ چھُینہ نیرانے۔ پنڈتَن ووٚنُس۔ یہ کڈن پلتےٚ گو پھِرِتھ۔ واپس ییلہِ یہ پنڈت جی اوروٚوت اَمِ وُچھ سوچھ کرٛال یہ بٲتھ وَنان۔ یتہٕ یہ اوس خبردار یہ دوٚپن سوچھ کرٛالنہِ ماجہِ زِ ژےٚ چھےٚ یہ خبر یہ کتھ مقامس پیٹھ چھُ ووتمُت۔ پگاہ موکلاوی نارِ جہنمہ نِشہِ۔

یہِ چھےٚ کیہتہ تمہ لُکہ رلوایتہ یمہ سوچھ کرال نین ممین کینژن بٲتن متعلق عام چھےٚ۔ یہ کرٛتھ یہِ ہیکوٚ یہ کتھ وَنتھ زِ امہِ باوجوٗد یہ ہیکون نہ کانہہ بٲتھ کٔرِ رلوایتہ ہندِس ٹھکس گنڈتھ تکیا زِ شاعرُ سُند احساس جمال چھُ شاعرس پننین جذباتن تہ احساساتن زلو دیاوناوان۔

# سوچھ کرال

## بحیثیتہٕ شاعر

کٲشِر رٲز قدیم کالہٕ پیٹھے حملہٕ آورَن ہٕنٛز شکار۔ یمہٕ سٟتی کٲشِر ہندِس سیاسی، سماجی، اقتصادی تہٕ تہذیبی حال اوحالَس پیٹھ اَثر پیوان رٲود تہٕ زمانہٕ بدلنَس سٟتی سٟتی رٲود سون اوٚتار پوٚکھ توٗتراے رَٹان۔ یوٚتام زَن سانہٕ ثقافتی نظامُک سوال چھُ، سُہ چھُ رنگ بسٕتہٕ تہٕ جہرٕل۔ تمدنی تہٕ تہذیبی ارتقاہس لَرِ لوٚر رٲز کٲشِر علم وأدبٕچ معتبر تہٕ اعلیٰ پایچ کوچھ۔ یتیٚ تہٕ علم وادب فلسفہٕ تہٕ عقیدن ہُند تبلیغ سیدان رٲود تہٕ رٲز کٲشِر مذہبی رواداری ہٕنٛزٕ مرکز۔ ناگ مت، جین مت، ہندومت، بدھ مت تہٕ اسلام ہوی فلسفہٕ تہٕ مذہب یم ساری رٲدی

انفرادی تہٕ اجتماعی طور کأشرِ ہندِ مٕلہٕ زارکی رأچھدر شو فلسفہ

آسی تَن یا تانترک عقیدَن ہُند علم دوشوے چھِ مٕلہٕ زارکی تہٕ یکھہتی

ہندی نموٗنہٕ۔ اگرچہ یم فلسفہ ہندو دورس منز کاڈکڈان چھِ تاہم

رٕوُد یہُند سرمایہ اسلامی فلسفن تہٕ آیہٕ تَن۔ شاید چھِ یہے وجوہات

یم موکھ کٔشیرِ "شاردا پیٹھ" (SEAT OF LEARNING) وَنہٕ چھُ

یوان۔ کٔشیرِ شاردا پیٹھ لقب دیاوُتس منز۔ چھُ یمَن فلسفن تہٕ

مذہبن لرِ لوٗر ییتہٕ کین عالمن، فلسفیَن تہٕ دانشورَن ہُند اہم دُیت۔

یمَن منز کھیمندر، ابھنوگپت، بِلہن، بانا بھٹ، راجہ بھٹ، پنڈت

کلہن ہشی کتھ تہٕ ہل دبد قابلِ ذکر تہٕ قابلِ فخر چھِ۔ ییلہِ

اسلام بحیثیت مذہب یوٗر ووت اُمی نوٗی تہٕ عظیم مذہبن تراوی

پنٕنی سٕتی تہٕ گٔی اثرات کٔشیرِ ہندس مٕلہٕ مشترہ عقیدس، فلسفس تہٕ

تمدنس پیٹھ۔ علمدارِ کشمیر شیخ العالمؒ چھُ امہِ رٔلہِ مٕلہِ تہذیبکی اکھ نمائندہ

رہبر تہٕ رہنما۔ یمیک واضح ثبوت تُہند کلامہٕ چھُ۔ یتھے پأٹھی

رُوٗز موج کٔشیرِ مختلف فلسفن، عقیدن تہٕ کُنہٕ زندگی ہندس

وقتی نظامس لٕلکھول کران تہٕ آے کانچھان۔ اَدِ سہٕ مثنوی ہُند

زمانہٕ اوس یا صوٗفی شاعری ہُند پٔرتھ کُنہِ وِزِ آو کاشر سمأجی تہٕ مذہبی شاعری کُن خاص توجہ دِنہٕ ۔ اگرچہ صوٗفی خیالن ہندِس پوٚت منظرس منٛز کاشرِ زبأنی ہندِ حوالہٕ لل دیدِ ہُند نا وُنمایاں طورا استعمال چھُ سپدان تاہم چھُنہٕ لل دیدِ ہُند کلامہٕ پٔرتھ یہِ احساس سپدان زِ یہِ کیاہ چھُ کُنہِ شاعری ہُند آغاز بلکہ چھےٚ لل دیدِ ہنٛز شاعری اکہِ زیٹھہِ تہٕ ترقی یافتہٕ دورٕچ معراج باسان ۔ اُمِس پتہٕ چھُ یہِ سلسلہٕ زور و شورٕ سان بروٚنہہ پکان ۔ یوٚدوے زَن ارداہمہِ صدی منٛز کٔشیرِ ہندی حالات اتھٕ گٔمتہٕ آسی تہٕ سیأسی کیٚتھٕ سمأجی ماحول اوس چھلہِ چھانگرِ گوٚمُت تہٕ پٔرتھ کانٛہہ حساس تہٕ ہوشمند شخص اوس اَمہِ نِشہِ متاثر سپدمُت ۔ مگر اَتھی پُرآشوب سیأسی، سمأجی تہٕ توأریخی پوٚت منظرس منٛز چھُ صوفی شاعرن ہُند یوٚڑ کاروان بارسس یوان ۔ یِمَن منٛز کرم بُلبُل، محمود گامی، شاہ قلندر، شاہ غفور تہٕ وہاب کھار بیترِ قأبلِ ذکر چھِ ۔ سوٗ چھ کرال تہٕ چھُ صوٗفی شاعرن ہندِس اَتھی اَژھین کاروانس منٛز شأمل یِمیک آغاز للہٕ عارفہ تہٕ حضرت شیخ نورالدین نورانی" کران چھِ ۔ تہٕ یِہند کلامہٕ مأے

محبت، بائے بندُت، مساواتک تہٕ عرفانُک پاگام ہیتھ یوان چھُ۔ تکیاز یم چھ زانان زِ طماے دُنیا، ریاکاری، بوغض، حسد نفرت تہٕ گمنڈ چھ تم خطرناک چیز یم پرٕتھ فردس تباہ وبرباد کران چھ۔ سُہ چھُنہٕ کانہہ تہٕ صوفی ییمی نہٕ امہ نشہ لوب روزنُک یاند باند کوٚرمُت چھُ۔ یہے کتھ چھُ سوچھ کرال یمہٕ اَنمانہٕ بیان کران ؎

| | |
|---|---|
| زٕ یے ہا لو گُتھ یہاتے | وُمبر پنٕنی موکر تباہ |
| ہبا یہٕ چھے گمُاتے | دوٚگنیار ستن لگان دِباہ |

سوچھ کرال چھُ پرٕتھ فردس امہ کتھ ہُند تلقین کران زِ اَکس انسانس پرٕ تہٕ بیس انسانہٕ سُند بوغض تھاوُن۔ تس پرٕ دے حسد، نفرت تہٕ دوٚگنیار ختم کرِتھ منٕج کھے کا ہسے تکیاز یتھ ظاہری دُنیہس منز چھُ پرتھ کانہہ فرد صرف کینژن دوہن ہُند مہمان۔ سوچھ صاب چھُ فردس کُن مخاطب گژِھتھ یہ تہٕ وَنان زِ انسانی بائے بندُت، عدل وانصاف، گاڑہ جار، لول، بے لوٗت تہٕ بے پناہ محبت تہٕ جذبہٕ چھُ انسانی وجود کہٕ بقا باپتھ ضروری۔ تکیاز یہے چھُ ازلی حُسنُک رنگ وُچھنا وان۔ یوٗت اکھ صوفی

عرفانس اَندرٕ ی منزٕ ی گژھِ تیوٗت چھِ تَس عالمِ وجدانس منز بیقرارٲری یادٕ گژھان۔ مگر تَس انسانَس یَس نہٕ کانہہ وَتہٕ ہاوُکھ آسہِ، چھِ بےشُمار ھڑٕ ی بُتھِ یوان۔ کانہہ چیز حاصل کرنہٕ باپتھ چھےٚ انسانَس انتہاٲیٔ محنتچ ضرورتھ مگر اَکس سالکس گژھِ گوڈٕ وَتہٕ ہاوُکھ اَکھ تکیازِ سُے ہیٚکِہس پرتھ مقامس پیٹھ رہبری کرِتھ۔ اَمہِ خاطرٕ چھِ پرہیزگاری لازمی۔ یتیلِ اکھ سالک اتھ پیٹھ عمل کرِیہٕ چھُ اَدٕ دُنیہِکین سِرن تہٕ رازن محرم سیدان۔ مگر شرط چھُ اَمِس گژھِ گوڈٕ مورشدس پیٹھ پوٗرٕ پوٗرٕ یژھ تہٕ پَزِژھ آسنہٕ۔ سو چھِ صاٲبس اوس اَمہِ کتھِ ہُند پوٗرٕ احساس۔ توَے چھُ وَنان ؎

| | |
|---|---|
| پیرے موج تے پیرے بَبا | پیرے چھُ شمشیر برِہنے |
| سُے ضرٕ بستن کران ذٔبح | ہَبا یِہ چھےٚ گمانے |

یام سالکس مورشد سٕتہٕ رہبری حاصل پَچھےٚ سیدان تَس چھےٚ دِیچ گژھ ختم سَیدان۔ سُہ چھُ نِکی تہٕ بدی درمیان فرق زٲنِتھ ہیکان۔ سُہ چھُ ابدی عملہٕ سٕتہٕ کیفیت، یُن تہٕ گژھُن، راوُن تہٕ لبُن تہٕ حقیقت گارنگ آیُینہٕ دار بنان۔ تَس چھُ ژٕہ تس بیوان

زِ سوکھ تہٕ راحت چھہِ اُتھی منز۔ تہِ ژھینیتھ۔ سو چھ کرالس تہٕ چھُ یٕنُ
وَتہٕ ہاوُکھ رہبر کرٕتھ کاینا تکبِن بِہرن تہٕ رازن ہنز۔ زان کرناوان۔
اَمیُک اعتراف چھُ یِتھ شارس منز کران ؎

پیرس پیٚتہ کراقتدا

اَسیرُک مَعنہِ باوی سُے

ییٚلہِ صوٗفس تہٕ ذاتِ حقس درمیان سارٕی پَردٕ تہٕ ٹھرٕ دوٗر چھہِ
گَرٕھان تَس چھُ پزٕ تھ طرقہِ نوٗرِ حق لبٕنہ یوان تہٕ اَمہِ نوٗرِچ تہٕ ظہوٗرِچ
زانکاری حاصِل گرٕھان۔ کاینا تکس ذرس منز چھُس قُدرتُک نوٗر
تہٕ ظہوٗر لبٕنہ یوان تہٕ آدم چھُس اَمی نوٗرُک حصہٕ باسان گمر یِہ حصہٕ
چھُ یٕنہ انفرادیت برقرار تھاوِتھ گاشہٕ تارکہِ پاٹھی پرزلان۔
صوٗفس چھُ یٕنُ پان اَمی اَبدی نوٗرُک حصہٕ باسان۔ سو چھ کرال
چھُ اَمِ باوتھ یِتھ پاٹھی ؎

پلتے بیٚیہ ہتو بوے

منز۔ تو موے دوٗر بر چھےُ

سو چھ صاب اوس وحدت الوجودی فلسفک قایل، اُس

چھُ بار بار یہِ کتھ دُہراوان زِ انسانہٕ ہندِس دِلس منٛز چھُ پرٛتھ لمحہٕ پرٛتھ وقتہٕ پانہٕ خُدا بسِتھ آسان تہٕ انسانس کُن مخاطب گژھِتھ چھُ سو چھکرال وَنان زِ ژےٚ مہٕ گژھی تہٕ یہِ گُمان زِ ژٕ چُھکھ اکھ تہٕ سُہ (یعنی خُدا) چھُ بیاکھ۔ اگر ژٕ یہِ سونچکھ امہِ سٟتؠ گژھِ دۆگنیار پادٕ۔ توٚے چھُ شاعر یتھی موضوع وَرتاوان تہٕ وحاظ کرُون سُہ فن تہٕ چھُ اہم شاعری منٛز۔ زٕژھِ رِتھ تیُس عرفانی تجربن ہندی سرحدیٚ چھُ کڈان ؎

یٚمی سُند وولرتے تمی ہترے ناو
وولرس تہٕ واوس چھے کنے ییساو
ژھٕین کیٚہ لبس ناو چھس لباو
ناو درآب تے آب در ناو

اَنَا الحق چھُ صوٗفین ہُند اکھ مقام۔ صوٗفس چھُ پانس منٛز ہیٚر بون تام ذاتِ حق سُندُے نوٗر لیَہٕ یوان تہٕ تَس چھُ پانہٕ سے منٛز تسندِ آسنکھ باس لگان۔ تَس چھُ سورُے دیدمان سپدان۔ اَتھ مقامس پیٹھ واتِتھ اگر اَکس سالکس رٕژھا تہٕ ہیر پھیر گژھ

سورُے گرتھ ھس تباہ وبرباد۔ لہذا پزِ سالکس زبردس احتیاط کرُن
ہتہ یہِ سورُے پانَس منز۔ وسپراونُچ کوشش کرٕنی یہِ سُہ وُچھان تہٕ
ژینان چھُ۔ سوچھ کرال چھُ یہے شیٖچھ اَسہٕ تام واتناوِتھ یِمہِ اندازہ
باخبر کران ؏

نو قطِ بیوٚو عائَس غاَن بیوس ناو
غاَن سپُد محرم کوٚرُن ٹاو ٹاو
تَمِ شیٖچھِ منصوٗر مارہٕ آو
ناو در آب تےَ آب در ناو

دُنیا چھُ آخرتُک گرٕ۔ یُس یہِ وَوِ سُہ تی لوٚنہِ۔ صوفی چھِنہٕ دُنیاوی
لوہ لنگرس لاَری روزان تِکیازِ تِم چھِ زانتھ زِ یہِ دُنیا چھُ عارضی۔
یہِ چھِ محض اکھ فاَنی سرائے۔ لہذا پزِ انسانَس دُنیہس منز رِتھ
آخرتُک ساماَنہ گرُن تِکیازِ تَتہِ لگہِس سُے یکار۔ سوچھ کرانس چھُ
دُنیہِچہِ بے ثباَتی ہُند پوٗرٕ پوٗرٕ احساس تہٕ یَتھ دُنیہس فاَنی سرائے
وُنِتھ ییتَس شارس اظہارُک قوت بخشِتھ سہل تہٕ ساد زباَنی منز۔
یِمہِ اندازہ باوتھ کران ؏

یَتھ فانیٚ سرایہ دیُن چھےٚ شبا
اَتھ منز موتن او دُکانےٚ
کانٚہ ہو مرن اَز یا پگاہ
ہبا یہ چھےٚ گمانےٚ

موچھ کرال اوس صوفی منش تہٕ سُہ اوس دُنیاوی لوہ لنگرس کُمےٚ ہیہن مازان۔ سُہ اوس زانان زِ دُنیا چھُ تاوِنُک بازار۔ یتہٕ طمع، خاہشہ تہٕ نفسِ امارکل چھُ کڈان۔ انسان چھُ یِمنے چیزن منز ہیتہٕ یِوان تہٕ غفلتُک پردٕ چھُس گاشس ٹھور بنان۔ ظاہری زندگی تراوِتھ چھُ آخرتس منز انسانس تیٚمن اعمالن ہُند حساب۔ تَوے چھُ قیامتُک اوحال بیان کران وَنان زِ یُتھے محشرِکس تٕما دانس منز۔ سارِنے حساب لگِ پانےٚ نیرِ دودہ تہٕ آب بیوٚن بیوٚن ۔

کانٚہ روزِ محشر لگِ اکھ شبا
تتے اَنز ری سُہ پانےٚ
بیوٚن بیوٚن سارِن لگِ محسبا    ہبا یہ چھےٚ گمانےٚ

اِنسانس مَرنہٕ برونٹھے مُرن - پرٛتھ امارس ہٕ خاہشہِ کلہٕ ترٛٹن تہٕ آخرتُک سٕتر کرٕتھ ابدی خُشی حاصل کرٕنۍ۔ مگر یہِ ابدی خُشی حاصل کرنہٕ باپتھ چھےٚ ظاہری زندگیہِ ہتر۔ سارے خُشیہِ ترٛاوٕنہٕ۔ یُس ظاہر ترٛاوِتھ باطن پرٛاوِ سُے چھ ابدی زندگی پرٛاوِتھ مرِتھ زِندٕ روزان۔ بقول سوچھ کرال ؎

سوچھ کرال کران تَس مرٕحبا
یُس گوو زِنٕدٕے دیواتے
مرِتھ ہُران تَس مرتبا
ہبا یہ چھےٚ گُمانے

سوچھ کرال اوس صوم وصلواتُک پابند۔ سُہ اوس زانان زِ نماز چھےٚ سارِوے عبادتو منٛز بہتر تہٕ افضل تہٕ بُرٛا یِیوٚ نِشہِ لوٚب تھاوٕن وول ہتھیار۔ سوچھ کرال چھ نماز ہٕنز افادیت بیان کران تہٕ پانٛژھ وَق نماز پرٛنُک تلقین کران ؎

صُبحچہِ نمازِ گژھ ہو بیدار
پیٚشِنچہِ نمازِ ترٛاو کار بار

دِگرِچ نمازٕ چھےٚ جگرس زیو

اَمر خُدا مانی توٚ

شام چھےٚ آویٚل پران گرٕٹھ

خوفتن نمازٕ پراران گرٕٹھ

وترِ چہٕ نمازٕ گرٕ ران گوو

امر خُدا مانی توٚ

سوچھ کرِ اُتھ فِکری پلو چھُ سیٹھاہ تھوٚد۔ سُہ چھُ ذاتی آگاہیہِ ہستی پنٕنِس احساسس جذباتی وُتش دِوان زِ انسان کوتاہ بےبس تہٕ لاچار چھُ۔ یہِ کینہ شاہ تہٕ انسان یرٕ ہان چھُ تہٕ چھُنہٕ سیدان تکیازٕ کرن وول چھُ بدل کستام۔ بقولِ میر تقی میرؔ ؎

ناحق ہم مجبوروں پر یہ تہمت ہے مختاری کی

جو چاہیں سو آپ کریں ہم کو عبث بدنام کیا

تہٕ یہےٚ کتھ چھُ سوچھ کراں دلکش تہٕ لوٚبہٕ وٕنِن لفظن منز یتھہٕ پاٹھۍ بیان کران ؎

ہتا پانہٕ بہٕ کُس گوس        پانےٚ اوس بہٕ پہلےٚ

سو چھ صابس اوس یِمہٕ کتھِ ہُند احساس زِ یِمہٕ باپتھ بہٕ یتھ دُنیہس منز آمُت آس۔ مےٚ ہیوٚکہٕ نہٕ کٔرِتھ۔ بہٕ روٗدس دُنیاوی لوہ لنگرس تہٕ دُنیاوی خاہشن لور۔ مےٚ کوٚر نہٕ کینہہ حاصل۔ یوٚدوے مےٚ خبر چھےٚ زِ یہٕ چھُس یتھ دُنیہس منز کینژن دوہن ہُند مہمان تکیازِ آدمس ستیٚ چھُ ازلے یہٕ وعدٕ کرنہٕ آمُت زِ یتہٕ آکھ تتےٚ چھےٚ واپس توٚرِ گژھُن۔ مگر اَمہِ باوجود تہٕ روٗدس یہٕ دُنیہسے لور۔ یہٕ سورُے زانتھ تہٕ ہیوٚکھ نہٕ پانہٕ زانہہ پانٔس۔ یہٕ غم چھُ تسٕندِس وجودس کوران۔ تس چھےٚ بے قراری پادٕ گژھان تہٕ ندامتُک اظہار چھُ یِمہٕ اَشعارہٕ کران ؎

بدکار پانو خود راہ دژا کھو

ژےٚ نا یاد روٗدُے کینہہ

تاوَن چھُ دُنیا یور کیازِ آکھو

ژےٚ نا یاد روٗدُے کینہہ

عشق چھُ صوٗفی شاعرن ہُند بُنیادی مقصد تکیازِ عشقے چھُ بجر یِمہٕ ستیٚ اَکِس سالکس نظرن ہُند پردٕ ژھنان چھُ۔ مگر عشقس

منز۔ منزِل پرٛاوُن چھُنہٕ سہل کتھاہ۔ اَتھ وَتہِ منز۔ چھِ رَنگہٕ رَنگہٕ سختیہٕ تہٕ مصیبت برداشت کرٛنی۔ یہ چھےٚ ترتھے ہش کتھاہ زِ دزوِتھ نارس منز۔ ووتھ لایِنہٕ تہٕ پوٚتیمیری ہندی پاٹھی پان زالُن۔ مگر یُس یمَو دَلو دزاوسے بَتہِ نارہ دزاوسون تکیازِ اَتھی منز چھُس سوکھ تہٕ راحت۔ یُہَے چھُس قرار تہِ تہٕ بے قراری تہِ۔ یہ چھُس اکھ امتحان۔ اَتھی کشمکشہِ منز۔ چھُ انسان گراو وتلان تہٕ گرابڈان تکیازِ اَمیتھ روٗس آشہِ چھُس دِلس منز جلے کران مگر اَتھ منز چھےٚ صبر و تحمل ضرور تھ۔ اَدِ ہیکہِ منزِل لبتھ تہٕ خارجی تہٕ داخلی دُنیہک سارُ کرِتھ۔ سو چھ صاب چھُ یمتے تجربن زِ بو دِتھ شار تھۆراں ۔

دِپیوٚمس نو قطع عشقُن باو منے تیے
تمی دوٚپنم پوٚخنہٕ سَیدکھ عشقہٕ وتیے
دِپیوٚمس باو تم زَتے ییٚن آسُن
تمی دوٚپنم پان ییٚن گرتھ کاسُن

سوچھ کرال چھُ عاشقس کُن مخاطب گژھتھ وَنان زِ ژٕ زال پٔنٕ وجود عشقٕچس نارس منز۔ اَتھ منز چھےٚ دوٚگنیار ترک کرِتھ معرفتک پیالہٕ چیتھ دیوانہٕ گژھن، خُشی تہٕ غمک مقابلہ کرُن۔ یِیلہٕ ژٕ اَتھ منز کامیاب گژھکھ اَدٕ واتکھ ابدی حقیقژ تام تہٕ عشقہٕ ہستی چھُ عاشق معشوقس نزدیک واتان تہٕ منز۔ لہٕ مقصود پراوان۔

بقولِ سوچھ کرال ؎

| | |
|---|---|
| شمع دان شمع ہیتھ | پوٚنپر آو کران گتھ |
| دوہ توے دِی تہٕ رود کیاہ پتھ | حاصل درد محبت |

یہٕ کتھ چھےٚ ٹاکارٕ زِ سوچھ کرال چھُ پنٕنہٕ شاعری منز۔ صوفیانہٕ تجربک مُشاہدٕ تہٕ باوتھ ہونرمندی سان روحانی تہٕ علامتی صورتس منز۔ پرن دٲرِس حظ تُلنا وان۔ مثلن

پیارٕ چھم تہٕ نیندٕ ریوان یارٕ زوٕ لوسوتیے
آرٕ کرتہٕ کرتھس مےٚ چھُ مارٕ موت چون یے
ہانزٕ تہٕ کرٕ کرٕی ہانز مولاگ کاتہٕ زوتہٕ کاستم گرونیے
کمیو کاتہٕ گاجھس وولا حال وُچھ میون یے

مان کُس کَرِ ازلہ لاٗتس پان میون گرٕتھ تو لوٚنیے

منٛے نازوٕنے مولہ چھُ والان اَزلہ لوٚن لیے

بُجما پھُلیا درشن باغس منٛے ہا گو ژنہ درشن چوٚنیے

آیہ کرتہٕ کرٕ تھس منٛے چھُ مارمۄت چوٚن لیے

سوچھ کرال ینہٕ شاعری ہنز بیا کھ اہم خوٗبی چھےٚ یہ زِ یہ چھُ مختلف صوٗفیانہٕ اصطلاح وٕرتاوان۔ آب منٛدُن، ضراب خانہٕ، شُدر زوٗنہٕ ڈب، کاژ زوٗن، لوہہ پٹ، اَتہٕ گتھ، اَتھ چھوٚن، سیکہٕ وٹھ، فاٗنی سرٲے، درٕ دِک نار، چرخہٕ ینٛدر، میمنگ در، ہرنہٕ چیشمہٕ، گچھِہ ڈب، فکرِ ہند ٹونگ، تیہٕ ریتٔی، یاوُن مُرتہٕ، بگوان ترائن، ویشنو، شو، ٹھوکر، رحیم، رام، کعبہٕ، بتخانہٕ، قالوبلا بیتر چھِ تِتھۍ صوٗفیانہٕ اصطلاح یِم اَکِس اَکِس کاٗینا تکین مختلف رازن محرم چھِ کران مگر یِمن رازن محرم گرٕتھنہٕ با پتھ چھےٚ انتہاٗئی محنتھ ضروٗرتھ۔ تہٕ یہے محنت چھےٚ تَس موٗزوٗری بنان یہٕ اصلس تام واتاوان۔

وشتو وٕے لیجہٕ لوٗز تھ تھاو

زِگہٕ کہٕ تارٕ تراوا دِتھ ناو

پرٛمتہٕ پاوتم ہرٕ چھےٚ ناو
ہا بگوانو مو مشراو
ٹیوٗک کرکھنہٕ پھیٖرٕ ٹیوٗک موترٛاو
ٹیٖکہٕ ستیٖ ڈیکہٕ ٹیکہٕ بوزتہٕ آو
پوٗز کر پوتلیٚن سوزٕ اُتھ آو
ہا بگوانو مو مشراو



سۄدرس منٛز باگ چھےٚ زۄنہٕ ڈبا
تتھ منٛز بٕستھ چھُ پلتےٚ
تےٚ تتہٕ نیٚندٕر تےٚ تتہٕ شبا
ہبا یہٕ چھےٚ گمانےٚ

ییٚتہٕ سوچھ کراں مختلف تشبیہہ، استعارہٕ تہٕ علامژ ورتاوِتھ قٲری ییٚس صوٗفیانہٕ تھٔدٕرک تہٕ بجرُک باس چھُ دِوان تتہٕ چھُ اُہنز شاعری پرٛتھ ییمہٕ کتھہ ہندہٕ ٹاکارٕ ثبوت میلان زِ اُمس چھُ کاشرِ ثقافتُک

سۆن اَترا و سمُت۔ کٲشیر مٕنز مختلف جانورن، جاین، پوشن تہٕ مختلف چیزن ہُند تذکرٕ چھُ سہٕ صوٗفیانہٕ باوتھِ وسیلہٕ زیادے جٔہرٕ تہٕ مارٕ منٛدٕ بناوان۔ اچھ بل، حضرت بل، رو پہٕ ون، بلتہٕ پوٚر، گالندر، خانیار، خوجہٕ یار بل، اسلام آباد، ہمہٕ ژوٗ، عشق مقام، کوہ قاف، ڈل ہستوٗرون، وو پہٕ ہاکھ، ہند، کوفوٚر، ژٕندُن، اچھ پوش، گولاب، ریحان، کوتر، گُلِ، کنٛج، راتہٕ مو غل کاو، پتہٕ پوٚنپُر، پچھین، گاڈ، گولہٕ ٹوٚنچ، وارِیُں، ژٔر، شاہباز، آگر پچھنی، رازہ ہوٚنز، ژٕنہٕ ہانگر، بٹخ، ککہٕ نوٗس، گٕٹہٕ گر، گانٹھ، گر بد، گلِ شال، زٕربہٕ گک، پندرچ، گنٛٹس، سرف، تُلر تہٕ پوٚمبُر بیترِ چھِ تمہٕ استعارٕ، اصطلاح، تشبیہہ تہٕ علامژ یمہٕ ہندس صوٗفیانہٕ باوژِ بلس سرساوی، خوبصورتھ تہٕ برمحل بناوان چھِ۔

سوچھ صابنہٕ شاعری ہنز بیاکھ خوٗبی چھےٚ یہ تہٕ زِ مقامی رنگ چھُ کُنہٕ نہٕ طریقہٕ درینٛٹھی گژھان۔ ثقافتی پوٚت منظر، اعتقادی تہٕ سماجی پہلو چھُ اَتھ ہندِ شاعرانہٕ تجربن وحاطہٕ کران تہٕ قاری یِس پٔنٕن اوٚند پوٚکھ دیدمان انان۔ مثلے

لبتہ پورِ کرٔالس اوس خاندر
شوقہ باب صأب اوس گالندر
دوتوے تمو مدیتہ تارٔ ریے
زولہٕ مے ترٔاو وَن ہارٔ ریے

دسگیر صأب چھُم منز خانیار
ناوس پہ کرس سرِ نثار
ڈیڈِ تل پیاران سأریے
زولہٕ مے ترٔاو وَن ہارٔ ریے

زأنہ شاہ صأب چھُم عشمقام
پیاران پیاران تتہ گوم شام
تمٔ تتہِ اُجدر مأریے
زولہٕ مے ترٔاو وَن ہارٔ ریے

یم اَسی تم کیہتہ صوٗفیانہ اسرار یم سوچھ کرٔالنہ شاعری منز میلان چھہِ۔ مگر یُزرچھُی نہ سوچھ کرٔالنہ شاعری ہُند فن چھُ اعلیٰ۔ سُہ چھُ یُنہ شاعری منز۔ شاعرانہ زبان ورتاوان تہ زبان ورتاونگ

وٚل چھُ تَس یَدس اوسمُت تہٕ تٔمۍ ہٕندی شار چھِ اُمی ہٕندِس
شاعرانہٕ کمالَس پوچھر دِوان۔ اُہنز نظم دیویس تہٕ دوٚیِم چھےٚ
کأشُر صوٗفی شاعری منز اکھ اہم حیثیت تھاوان تہٕ یتھ کٔئی
وَنوٚ زِ سو چھ کرال چھُ سانہِ کأشرِ صوٗفی شاعری منز اکھ پریزلوٗن
تارکھ یٔمی پٔنُن اوٚند پوٚکھ یَتنہٕ گاشہِ سٟتۍ گاش وو۔

# والہٕ واشے لاگِتھ گوم

عشقہٕ زٕوٕرَن کرٕم شُری باشے
والہٕ ولشے لاگِتھ گوم لہ
مُشکہٕ ستِ آس خوش نقاشے
والہٕ واشے لاگِتھ گوم

اوسُس راأیِلا یہٕ قداور
بے عارگُٹلن ترٕ وُوس پَتھر
موٕنجہٕ مکرشے ہیوٚ تمٕ تراشے
والہٕ واشے لاگِتھ گوم

یٔنی یا سوٚہا سٲنی ژوٚرو!
بوٚکچارِس کوٚرتھٕم سورو.
موکھ ہٲوِتھ موکڈٕ بلاشے
والہٕ والاشے لاگِتھ گوم

مَتہِ جوگیوٚ مے کر توشو.
بَستہِ سامان اوٚنتھس پوٚر
کُتھ یاوِتھ مہ کرٕ شُری باشے
والہٕ واشے لاگِتھ گوم

سوچھ کرٕالوسِتہٕ ہیٚن رہبر
سُل اَسِتھ ژیرموژہے کر.
اَنِہ گَرٕڈِ منز ہاوتے گاشے.
والہٕ واشے لاگِتھ گوم

---

لہ یِہ باتھ چھُ گوڈنچہِ لٹہِ چھپان۔

# رَچھ نارٕ ملک الجبار

بنٛدٕ نیٛندرٕ گرٛژھ بیدارٕ ؔ
رَچھِ نارَے ملک الجبار

نوٗرٕ پیٛٹھٕ کوٗرتَے پاَدا
پاٗنٕہ ذاتن بوٗرنَس لولا
سالہٕ کھوٗرن سون سردارٕ
رَچھِ نارَے ملکُ الجبار

یٛیلہٕ محمدؐ کھوٚت پیٛٹھ عرشَس
پیالہٕ ہیٛتھ حورٕ پیاران آسَس
اَندٕ وَندٕ چھِس بَندٕ بردارَے
رَچھِ نارَے ملک الجبار

تے آہڑ در تیستانا تے
تہ ہند سوز چھس بورا تے
دڑاو تہ منز سیر اسرارے
رَچھ نارے ملک الجبار

مجنوٗنَ کوٚر تے کارے
کھوٚت تہ دس لال زھاران
منز زُٹ تے گوٚپھ تے غارے
رَچھ نارے ملکُ الجبار

فرہاد کوٚر عشقن مارے
کھوٚت ژٹنے کوہِ قافس
بُجہ اکہِ سے کوٚر نے مارے
رَچھ نارے ملک الجبار

کارکیا کوٚر اُمی ناگٕ رایَن
تھاہ لاٚین ناگس بوٚن کُن
دوٚپُس ہی مالہِ کرمیون چارٕ ے
رَچھِ نارَے ملک الجبار

پانہٕ آوتےٚ پانَس سے زاو
پانٕ پانَس کوٚرتےٚ پاراو
دَمس ستی چھُے تمَس کارَے
رَچھِ نارَے ملک الجبار

ییلہِ حضرتؐ کھوٚت معراجس
خاصہٕ ژوریارستۍ ستۍ اُمس
سوچھِ کرآلو کرِ با دیدارَے
رَچھ نارَے ملک الجبار

# وارِ گرٕتھِ چھاوُن ہیٚیہ اسمان

بُلبُلو کیا زِ چھکھ نالہٕ دِوان

وارِ گرٕتھِ چھاوُن ہیٚیہ اسمان

اَسمانٕی زٕے جانور چھِی وُڈان

ہوٗتہ اللہ تِمَن چھُ وردِ زبان

سر کردوٗن ہُند سے معتےٚ زان

وارِ گرٕتھِ چھاوُن ہیٚیہ اَسمان

بلقیس آسے درصفتہٕ خان

کاوا وُچھنے پیٹھٕی کتی وُڈان

شینٛچھ ہیتھ ووٗتےٚ پیشہٕ سلیمانؑ

وارِ گرٕتھِ چھاوُن ہیٚیہ اَسمان

گلیے کیا چھکھ جان شوٚیان
آبس پیٹھ چھکھ اول ییران!
سۄتھ زبتھ اکھ چھےٚ نہٕ اَتھ لیوان
وارہٕ گرتھِ چھاوُن ہِیہ اَسمان

ہا برٚ بگو کیا چھُکھ جان شوٚبان
تھ رٚس پیٹھ چھےٚ جایہ ٹھکان
نظراہ کوہِ قاف چھےٚ واتان
وارہٕ گرتھِ چھاوُن ہِیہ اَسمان

عاشق سیرس للہ ناوان
وُچھان سوٚرے دیدوعیان
سیر چھکھ نیٚندرے وزناوان
وارہٕ گرتھِ چھاوُن ہِیہ اَسمان

یَیندٕ رسو چھ کراں چھےٚ زٲری کران
پیرس وندنا زُو تے جان
مومن صایبسٕ چھےٚ زیرِ دامان
دارٕ گرٕٹھہِ چھاوُن ہیٚہ اسمان



---

۱۔ یہ باتھ چھُ گوڈنچہ لٹہِ چھپان۔
۲۔ یِمہِ بیکھتہٕ شارٕ نِشہِ چھُ یِتھ کتھہِ تصدیق سپدان زِ مومن صاب چھُ سو چھ کراس مورشد اوسمُت۔

## سِری یس اَتھ بوسوزٕ گژاو

سِری یس اَتھ بوسوزٕ گژاو[1]
ہا بگوانو مو مُنشراو[2]

بَتھ چھم چانی وَتھ مےٚ ہاو
ہیمہٕ دِتہٕ عاشقن پانٛغام آو
مُنز بَس وانٛتھ بَر مژراو
ہا بگوانو مو مُنشراو

نارانہٕ رحمتہٕ باران ژاو
شولالہٕ اَدٕ تیر بوزنس تاو
اتھو کرس ڈُپی تو نوکری ژاو
ہا بگوانو مو مُنشراو

[1] باقے کاشرِ ن صوفی شاعرن ہندی پانٛٹھ چھُ سوچھ کرال صابن تہٕ کاشرِ ستو شاسترو وونمُت۔
[2] یہ بانٛتھ چھُ گوڈنچہ لٹہٕ چھاپ سپدان۔

وِشنووے لیچھِ بۆزِتھ ہتھاو
زگۂ کِ تار ترزاو اَدِ ترِ ناو
پرَمتۂ پاوِتَم ہرِ چھے ناو
ہا بگوانو مو مشراو

ٹیۆک کرِکَنہٕ بھیتر ٹیوک موتراو
ٹیکِہ ستۍ ڈیکۂ ٹیکۂ بوزۂ آو
پوٗز کرِ پوتلین سوزاتھِ آو
ہا بگوانو مو مشراو

ہا سوَ چھِ کراو وُنۂ چھکھ خام
یُس گوو رحیم سُے گوو رام
کعبہٕ بُتخانۂ چھُے کُنے ناو
ہا بگوانو مو مُشراو

# پانٛژ ہتہٕ وُہری ناو نوٚنیے دژاو

زانٛہ پانہٕ دُنیایُن تہٕ گرٛتھوٚنیے
پانٛژ ہتہٕ وُہری ناو نوٚنیے دژاو ۲

پٕرٛتھ کاٗنسہٕ اَکی دِتُس لقب بیوٚن بیوٚنیے
بونہٕ موٗلہٕ تلہٕ گوو ناگ اظہار
رحمتُک یہٕ آب گوٚرتھ برپوٗر جیوٚنیے
پانٛژ ہتہٕ وُہری ناو نوٚنیے دژاو

سدرٕچہٕ گوٚرتھ ناسٕدر بخش نیے
بٕسدرن منٛز چھی آسان لال
یتھی بوٚڈھ کھوٗتُے تمی گرٕ اوٚنیے
پانٛژ ہتہٕ وُہری ناو نوٚنیے دژاو

بسنگرم گنین پیر گرا فنیے
دوہہ اکہ نسکھ تھ سأس دڑاو
ہتہ اکہ پیرن ہیوّت نیر فنیے
پانژ ہتہ وُہری ناونوّنیے دڑاو

پیر سون دڑایو آپ دامنیے
ڈاین کرہ وہن آڈس گیہ گاڈکامن
روزی روزی دُعا منگن خُدایس کُنیے
پانژ ہتہ وُہری ناونوّنیے دڑاو

پیر سون دڑایو أنز بوّرتھ کُنیے
دڑیہ کامہ تہ کانہہ آو یکبار
پیر واسہ گوژھ گوناہ بخش نیے
پانژ ہتہ وُہری ناونوّنیے دڑاو

ژارٕ چون دربار کیٛا شوٗبہٕ وۄنیے
ڈیڈِ تَل وأتِھ لایے ناد
یینٛدرٕ سوچھ کراں چھُے صدا کرٕ وۄنیے
پانٕژ ہتہِ وُہرِ ناو نوٚتیے دڑاو



---

١ے یہِ بأتھ چھُ حضرت علمدارؒ ہندِس احترامس منٛز وَنہٕ آمُت۔
٢ے یہِ بأتھ چھُ گوڈنچہِ لَٹہِ چھاپ سپدان
٣ے اکِ جایہِ ہُندناو
٤ے ہشہ بلوأمی ضلعکۍ زٕ مشہوٗر گام

# کاسی کھنی سی

کاسہٕ کھٔے مَتہٕ سپے یوٚدوٕ دٕے
کَم چھِی بیگانہٕ کَم پننی لہ

پیر سنز وَتہٕ لار گوڈ کرتی
بروٚنٹھ بروٚنٹھ موکلی بینآیی
یینہٕ سا ابلیس وَتہٕ ڈالی
کَم چھِی بیگانہٕ کَم پننی

فکر تےٚ ذِکر مسلہٕ ناوتھ
مَکر تےٚ ہستی گرٛتھ ترٛاوتھ
ٹِکرِ عشقنہٕ دیوٚ بدنس پچھی۔
کم چھی بیگانہٕ کم پننی

گُلشن باغس پھُلیا جان
مدہون رۆزِتھ گرِتھ چھاوان
روشہِ گرِتھ بُلبُلو چھاوکھ ہی
کم چھی بیگانہٕ کم پننی

اٗندری توٚندرس گوٚنڈ ُم ہوش
معنہِ زانہِ اُمکےُ صاحبِ ہوش
بے زان کیا زانہٕ عشقٕنی چھی
کمَ چھی بیگانہٕ کمَ پننِ

دِل گنڈ عشقنہٕ من کلہِ ستی
گُل اَدہِ پھولئے چھاوکھ ءکتی
میُل کر احدی بنیہٕ صمدی
کمَ چھی بیگانہٕ کمَ پننی

یِمُہ سُند سودا تمُہ سُند دُکان
پانَے ہیوان تَے پانَے کنان
رنگہٕ رَنگہٕ سودا کیہنہٕ کُمی
کم چھی بیگانہٕ کم پنٕنی

دَمہٕ سے ہتی روز پوٗرہٕ محکم
معلوٗم سَپدی زیر وبَم
دَم زان غنیمت بیٚیہِ کیا چھی
کم چھی بیگانہٕ کم پنٕنی

یی چھُے ہیٚرَ تَے تی چھُے بوٚن
غافلو نظر کَرکُنہٕ ما ژھین
عاشقس دیدار بروٚنٹھ کَنہٕ چھی
کم چھی بیگانہٕ کم پنٕنی.

کَہ مٮ۪ے وٕنۍ مے کَہ چھےٚ جان
کَہِ چھِ عاۘرف مَعنہِ زانان
کَہ بوٗزِ سآلکو زَنٛدٕ روٗدی
کَمٕ چھِ بیگانہٕ کَم پَتِی

گَجھِ کُھٹِ اَچھِ پوِش بہناوُن
وَچھِ بدِلَس سِتؠ لَرِساوُن
سو چھِ کرالو یی تمَنا چھِ
کَمٕ چھِ بیگانہٕ کَمٕ پَنٕنی



# باوُن گرشہِ سہال

دیدوٕ پتنو گرشہ پرٕ زناو پنُن حال

باوُن گرشہِ یو سہالؒ

یِموٚ چیوٚو دامہٕ دامہٕ آبِ زُلالو

باہوش تِم چھِہ ہرحال

مےٚ یِمیٚ دامہٕ چیوٚو تِمو وُچھ پنُن حال

باوُن گرشہِ یو سہال

شریعت زانُن چھُے زاوُیل زال

پانُن ہَبا چھُے زٕنے ہرحال

طریقت چھُے زٕنے ناٰلی نال

باوُن گرشہِ یو سہال

طریقتس منز یُس اکھاہ ژاو
یوٚہے لگ تمیٚ ہنز ناو
حقیقت عیاں وُچھن گژھہِ ہر حال
باوُن گژھہِ یو سہال

حقیقتس منز یُس اکھاہ ژاو
معُرفت تس چھ چاوان
مُعرفت چاونے روزی نہٕ اِشکال
باوُن گژھہِ یو سہال

نیہ منز رلاو زیو تے بنیہ تال
اَدٕ وچھکھ پننے حال
یم چھی عاشق تمِ چھی لازوال
باوُن گژھہِ یو سہال

عشقہٕ دزی یاوس کوتاہ چھے شور
سے زانہِ یُس گوو تور
ہا سوٗ چھِ کرٛالو پان پننے سُنبال
باوُن گرٛشھِیو سہال



---

۱ہ ہرگاہ یتھ کتابہِ منز ییتھی ہوی نوی باتھ چھاب سپدی یم سوٗ چھِ کرٛالس سٟتی منسوٗب چھِ مگر سوٗ چھِ کرٛالُن شاعرانہ مرتبہٕ وُچھتھ چھُ باسان زِ یم گرٛشھن نہٕ اُہندی باتھ آسن۔ نتہٕ ہیکن اُہندی ابتدائی باتھ اٟستھ۔

۲ہ یہِ باتھ چھُ گوڈنِچِ لٹہٕ چھپان۔

# ژُوتہ جان وَندَے میانہ بیر وژیئے

پان ہاوی ہاوی چھُکھ ماران میژیئے
ژوُتہ جان وَندے میانہ بیر وژیئے

پیغمبر آخر زمان چھے سون سردارو
ہمتھ بڈی سردارو ویئے
ستی چھی ژور یار شوبان ژے ییے
ژُوتہ جان وَندَے میانہ بیر وژیئے

یتھ پاٹھی گاڈ منز دری یاوس
تتھے پاٹھی زان سمسارو ویئے
روُد نِلہ صدرہ ملہ وَن چھے تیئے
ژُوتہ جان وَندَے میانہ بیر وشیئے

دَ تتہٕ چانہٕن آسےَ وُچھان
مےٚ ہا گوٚژھ چھُن دیدار وینیٚ
کٔتہِ رٕوٚ ٹھٔمُ لامکانو ژیٚنے یے
زُو ہٕ جان وَندے میانہٕ پیر وٕژیٚنے

سُلہِ کونو چھُکھ نیٚندرِ وۄتھان
بیدار گژھ ہیٚندرازَو زو ویٚنے
یٚندرہٕ چھُ سو چھُ کرال ژھاران ژیٚیے
زُو ہٕ جان وَندےَ میانہٕ پیر وٕژیٚنے



---

۱ے یہِ بَاتھ چھُ گوڈنچہِ لَٹہِ چھاپ سپدان۔

۲ے اکِ ڈٕریاوُک ناو

# عشقہ شیشس گوٗژھ چوٗنے

لولہ پیالَن گَژھہِ بروٗنیہِ لا
عشقہ شیشسَ گوٗژھ چوٗنیے

وٗارانسَ کٔن گوٗژھ دُیٗنیے
نیرِ پمپوش دمہٕ ستیٖ نوٗنیے
ژوٗن منزٕ تےٚ دوٗن منزٕ چُھ توٗنیے
عشقہ شیشسَ گوٗژھ یہ چوٗنیے

عشقہٕ پھلَس دَل گرٕژھِ دُٔنیِے
ڈال کُڈِتھ کَنہٕ نیر بیوٚنیے
شیر سندی پٲٹھی دَم گرٕژھِ ہیوٚنیے
عشقہٕ شیٖشوَے گوٚژھ چوٚنیے

چار ضرٕبک ضرب یَس سوٚنیے
آب تَے خوٗن تَس سِپد بیوٚنیے
چھَس وَرزِش چرخہٕ پھیر ووٚنیے
عشقہٕ شیٖشوَے گوٚژھ چوٚنیے

بَے کرٕ تَس ستی نیر نوٚنیے
گوڈٕ پانَس وارٕ دیُو ووٚنیے
رہبرٕ ستی گرٕژھِ ہیوٚنیے
عشقہٕ شیٖشوَے گوٚژھ چوٚنیے

تیر لوے نَم سَنہٕ کھوتہٕ سوٚنیے
تتہٕ جگرس دڑامو نوٚنیے
تیر کمان کیا زانہٕ روٚنیے
عشقہٕ شیشہٕ شوٗمے گوٚڑھ چوٚنیے

رنگہٕ رنگے دڑامُت چھُ نوٚنیے
بے رَنگس دِتو ووٚنیے
سوٚچھ کرالن بارنگ ووٚنیے
عشقہٕ شیشوٗمے گوٚڑھ چوٚنیے



---

ٹ یہِ باتھ چھُ گوڈنچہ لَٹہِ چھاپ سپدان۔

# پرڈہٕل رویس یاوَن رایے

پرڈہٕل رویس یاوَن رلیے یاوَن رلیے
بولہٕ منز۔ للہٕ وَوتھ بہ ہا بچھ ناوے بہ ہا بچھ ناوے
سوٚدرس تر لوس ترن نا ہروزنہٕ اتھ منز۔ سر سے ماریم گر لے ماریم گرایے
پرڈہٕل رویس یاوَن رلیے یاوَن رلیے
یُس وسہٕ ڈنگل اتھ منز۔ سوٚدرس اتھ منز۔ سوٚدرس چھینہٕ کینہہ تھا چھینہٕ کرہٕ ترھاے
پرڈہٕل رویس یاوَن رایے یاوَن رایے
زُلفکی جامہٕ یمن ولیتے آیے تمن نہ بابچھے موکلن پایے موکلن پایے
پرڈہٕل رویس یاوَن رلیے یاوَن رلیے
دِل آم دزان کانسہٕ نا بوزم سامانہٕ کرٕ ی مس دِپچھے رایے دِپچھے رلیے
پرڈہٕل رویس یاوَن رایے یاوَن رایے
آدن یارہٕ میارہٕ درشن دِکھتا ثب پتھ لوکچار منے ہا گوم ضایے منے ہا گوم ضایے
پرڈہٕل رویس یاوَن رلیے یاوَن رایے

اَسہٕ وٕنی ہونَم ییٚلہِ ماہِ روٗخسار کھسہٕ ونی زٕ پہوشس ہوٚدہٕ منز درا سوٚد منز وداے

پَرٕ دِتھٕ رولَیس یاوَن رالیے یاوَن رالیے

بیمارٕ مےٚ ہاٗری جانٕے موکھے ماز اَگ حیتھن چھکھٕ گُرٕ زہاے چھکھٕ گُرٕ زہالیے

پَرٕ دِتھٕ رولَیس یاوَن رالیے یاوَن رالیے

صُبحَن تہٕ شامَن روٚٹُم چون دامَن بہٕ ہا یارٕ آیَس جانٕے مالیے جانٕے مالیے

پَرٕ دِتھٕ رولَیس یاوَن رالیے یاوَن رالیے

سونتَس تہٕ ہردِس چھُنہٕ ہوٚے سنزارِتَم سوچھ کرالَس چھی ہمسایہ چھی ہمسایے

پَرٕ دِتھٕ رولَیس یاوَن رالیے یاوَن رالیے



---

؎ یہِ بأتھ چھُ اَچھوپ ۔

# ہووٗنے عاشقن یَنِہ نُے یان

رزق رزاقن یاتِہ باگرووَنے لہ
ہووٗنے عاشقن یَتِہ ئُے یان

سارِنے محمّدؐ صاَب سردار تھوونے
بُلند تھوونَس کمالاہ
مےخانِہ اَندرے مےچاونوونے
ہوونے عاشقن یَنِہ نُے یان

زمین اسمان اِستادِ تھووتے
ملکن ہووَنے عجایبا تھ
مہِہ ستر یکھ بیٹھ عالم بسوونے
ہوونے عاشقن یَنِہ نُے یان

حضرتِ عثمانؓ تون عام تھووتے
سومیر اونوون فرقانہ
سردیت سرمدن سرتاکانسہ بووتے
ہووتے عاشقن پٹنہ تے پان

حضرت سکندر دورکرنووتے
ساری سے عالمس پھرنوون
پنتبن عولامن اَتھ مارنووتے
ہووتے عاشقن پٹنہ تے پان

موت اوس مجنون وار رووتے
وارہیس کانس لوگن عاماہ
رند اوس عاشق اندمارسووتے
ہووتے عاشقن پٹنہ تے پان

حضرتِ شیخ صنعا ابتدا تھووتےَ
بھَن شُتن ہُند اوس پیشوا
ہینز یارٕ پتےَ زار وَرٕ نووتےَ
ہووتےَ عاشقن یَنٕہ تُے پان

حضرت یونسؑ گاڈِ اَتھِ کھیووتےَ
کُنِ تَس تھووتےَ پِہ نِشانا
تَس غذا گاڈِ ہُند ماز کیا تھووتےَ
ہووتےَ عاشقن یَتنٕہ تُے پان

حضرتِ یوسُفؑ چاہَس لایِ نووتےَ
زلیخا بھاوُ تَس خریدار
سوداگارَن اَتھِ کھار نووتےَ
ہووتےَ عاشقن یَنتٕہ تُے پان

حضرت سُلیمانؑ تخٔتس بِھوٗ وٕنے
تخت ہیتھ اوٚسے اسمانٔی وڈان
وقتہٕ اکہِ گاڈہ ہٲنز کار کرنوٕ وٕنے
ہووٕنے عاشقن پتہٕ نٔے پان

حضرتِ صابرؑ صبر کرنوٕ وٕنے
حضرت رٕحم چھُس خدمتگار
صبرٕ ستی صابر ناوتس بِھوٗ وٕنے
ہووٕنے عاشقن پتہٕ نٔے پان.

یَیندرہ منز سوچھ کراں حال وٕنہٕ نوٕ وٕنے
دُنیا زانِ تن تماشاہ
عاشقن عشقہٕ نار للہٕ وُن بِھوٗ وٕنے
ہووٕنے عاشقن پتہٕ نٔے پان

---

ا یہ باتھ چھُ اچھوپ۔

بے رنگن کم رنگ کرئی تے
ارداہ ساس عالم بُرئی تے
اوس تعشوق معشوق سوّرتے
ارداہ ساس عالم بُرئی تے

اول پادا کوّرن نورِ احمد
آے آدم تس پتہ بےحد
در دُنیا دورا کرئی تے
ارداہ ساس عالم بُرئی تے

اوّلِم یار چھُے حضرتِ صدیقؓ  
پَزرس پیٹھ کوٚر تمۍ تصدیق  
غارِ حِرا مُنوّر کوٚرتَے  
ارداہ ساس عالم بٔرۍتَے

دوٚیم یار چھُس حضرتِ عمرؓ  
عَدلا تمۍ کوٚرتَے زَبَر  
عدل دارَن عَدلا کوٚرتَے  
اَرداہ ساس عالم بٔرۍتَے

ترٛیمُ یار چھُس حضرت عُثمانؓ  
آیہِ آیے سوٚمبرُن قرُآن  
سوٚمبرِتھ تَھ طمار کوٚرتَے  
اَرداہ ساس عالم بٔرۍتَے

ژٕوٗرِیم یار چھُس حضرت علیؓ
بێمہٕ تِہندے کُفار گٔلی
جنگِ خاور تِتھا کوٚر تےَ
اَرداہ ساس عالم بۄڈ تےَ

اوس سَرُفا وَتہٕ اکِہ یِوان
غارِ ثورس منز اوس پیاران
تمیٚ سَرفَن سوے جالے ژُنےَ
اَرداہ ساس عالم بۄڈ تےَ

تتہٕ غارَس اَسی دُستَتھ سُراخ
واریاہ تِم اَسی خوفناکھ
تَتہٕ سَرفا اوس توشاتےَ
اَرداہ ساس عالم بۄڈ تےَ

کلہ ٹھِٹھے وِوُلکھ عمَام
سرِفہٖ آہلیٖن ٹھُووُکھ تمَام
اِکھ سُراحتا رِوُڈُکھ پرِتے
اَرداہ ساسؔ عالم برِی تے

آوسَرِفا زِہرے ہیوٗتُے
بُجُھتھ ترہوُن یارِ عتار
تمُ سَرِقُن زہرا بوّرتے
اَرداہ ساسؔ عالم برِی تے

ہا سَرِقُو مولاگ عاشق
مُرِتہ لاگتم نادانِ مُچلکَ
تمُ سلاما تعظیم کرُی تے
اَرداہ ساسؔ عالم برِی تے

آیہٕ کُنڈی تھر بیٹھ دروازَس
سلام کرُنَے نبی تاجدارسؐ
عشقہٕ سِتؔ تِمؔ دروازہٕ جوٗرنَے
اَرداہ ساس عالم بُری تَے

کُکلہِ ترزووٗنَس پیٹھے ٹھوٗلہٕ جوٗری
دُشمن توٗت واٗتھ پوٗت پھیوٗر
طے سیدُکھ لا یب گیلانے
اَرداہ ساس عالم بُری تَے

آو زُلُر یوٗرنَس پیٹھ زال
دوٗپ دُشمنو یَتھ چھُگوٗمُتُیٚر کال
دڑاے وائس گَے پریشاتَے
اَرداہ ساس عالم بُری تَے

اُنِکھ ساَری سوٚمبراَوِتھ ہُرُف
پرناوِکھ لَآ اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہ
اَدِ مُسلمان تمۍ سُرف کرِ نے
اَرداہ ساس عالم برِ نَے

ڈیڈِ تَل چارِ سَموَاُسی ساَری
یارسول ﷺ کرۍ زِتَہ یاَری
سوَچھ کرالن عرضا کوٚرتے
اَرداہ ساس عالم برِ تے



---

ے یہ باُتھ چھُ اچھوپ۔

# ماشہِ مارِتھ ژٕول میون یار

عشقہٕ ژٕوٕرن مشہِ نَس آشے
ماشہِ مٲرِتھ ژٕول میون یار
دِلہِ جِگرس کرٕی تَم کھاشے
مٲشہِ مٲرِتھ ژٕول میون یار

ژھاے تھٕہنرے مےٚ گیُم نظرے
گژاے ڈیٹھُمس کارِتھ رے
ماے آرام کوٚر تَم مےٚ تاشے
ماشہِ مٲرِتھ ژٕول میون یار

موکھ ہاوِتھ چھوکھ دِتھ تڑولہم
نوٗرِ روٗحس ڈیوٗ ڈھُم نہٕ رحم
دوکھ دیُتھم کَتھ کڈولسے
ماشہِ مارِتھ ژوٗل میون یار

مرتہ نیٚندرے بیدار کورتس
زرِتھ زرِتھے عشقہٕ نارٕ برُنس
شلہِ یوٗتہ ہم نہٕ ژلِہٕ تھم راسے
ماشہِ مارِتھ ژوٗل میون یار

گچھِ کھُٹے چھُس ووتھراوِتھ
یچھِ تووِ ہیہِ منتھاہ تھاوِتھ
سوٗچھِ کرائس تی روٗز آسے
ماشہِ مارِتھ ژوٗل میون یار

---

لہ یہ باتھ چھُ اچھوپ۔

# وَعدس زیادِ نے کَم

پانژھ ترےٌ باگلس اتھ قرار دارس ۵

وعدس زیادِ نے کَم

کرتو گونگل نو آبادس

پرٛاتھِ ہانزِ تُلنےَ نَم

خود آباد کَرمو پیار کادس

وعدس زیادِ نے کَم

گاٹِھ پھال گرٔ کبہٕ فولادس
صبرٕ ہالہٕ زورٕ زورٕ دم
شاہ ورٕشن مہ ہاو کھارٕ وہ ستادس
وعدس زیادٕ تےٚ کَم

فکرِ ہتد ٹونگ لاے مَہٕ کسِن ناگس
ذِکرِ نیرِ آبٕ زَم زَم
جان شیرین نیرِ یِتہٕ فرہادس
وَعدس زیادٕ تےٚ کَم

کُمکیو ہوش تھاو لَشہٕ فسادس
رٕلِشہٕ اَمہٕ رِشہٕ نشہٕ ژم
اَمہِ جایہ بہداد گوم شدادس
وَعدس زیادٕ تےٚ کَم

کَمہٕ ناوکَماَوِتھ وآتکھ سادٕس
نَیہٕ منز بوز زیرو بَم
ژَکھہٕ دے ترٲوِتھ وٲتکھ کمادٕس
وعدٕس زیادٕ تےٚ کَم

ہا سوچھِ کرٛالو وات اَتھ دادٕس
دادِن بَتی مَرہَم
یَس دِوان تَس یِوان اَورَے نادٕس
وعدٕس زیادٕ تےٚ کَم



---

لہ یہ باَتھ چھُ گوڈنچہِ لٹہِ چھپان۔

# اَز ووٖلو دِلبَرو دیؤ درشُن

زاٗ جیتھس آمہٖ تاوٖ گاٗ جیتھس اندرولہ
اَز وہٖلو دِلبرو دیؤ درشن

جلہٖ ستےٖ مَل چھُل تَن ناوٖ اَندرو
جگرِک و رَزشس یوٖزناوتَن
دَمہٖ ستےٖ سوہم سَیدی مَندرو
اَز وہٖلو دِلبرو دیؤ درشن

کرٖوٗم کاموٗ کاستم تَسوندرو
دَمہٖ دَمہٖ تمُسُن کرُس اوم کار
الیشر ہاوُزی وَرتہٖ پکھ بَندرو.
اَز وہٖلو دِلبرو دیؤ درشن

پرٛاَنِس گیاِنَس مَتہٕ مارسَر چھےٚ
کرٕسا تحقیق سُم یا تار
تارسَر تار چھےٚ شاہَن اندرو
اَز وٕلو دِلبرو دیوٚ درشن

شیوَن شایے موپَس اَندرو
کٔمی کٔری پُنٕ تہٕ کٔمی کٔری پاپ
وہراو وسٕراو اُدٕ بَکھ سوتدرو
اَز وٕلو دِلبرو دیوٚ درشن

کٔنہٕ پٔلس پوٚزا کرِتھ دزاکھو
اَتہٕ چھےٚ زف مال پوٚرِتھ زُنار
مُہہٕ مایہٕ وٕچھس لگہٕ ماژَن درو
اَز وٕلو دِلبرو دیوٚ درشن

دیہہ دِیِ ایشرُن مندروا
دِو ہنز دِویا چھےَ ووپزِس
باوِکی کوسم پھولنے اَندرو
اَز ووہلو دِلبرو دیؤ درشن



# مٹے ہا بالہِ گیہ مو چاٰنی ماٹے

مٹے ہا بالہِ گیہ مو چاٰنی ماٹےؐ
وو لو بالہ یارو موتراوے

پوٗز یارِ غار حضرت صدیقےؓ
یارِ غار چھُکھ حضرتسؐ اوے
نام چاٰنی کعبہ تےٚ مدینے
وو لو بالہ یارو موتراوے

عدلدار حضرت عمرےؓ
عدلا کوٗرُتھ زٚیرے
ناو چون کعبہ کیا مدینے
وو لو بالہ یارو موتراوے

ترئیم یار حضرت عثمان رض
آیہ آیہ قرآن سۆمبرونے
سۆمبرتھ جور نس ظُمارے
وہ لو بالہ یارو موتڑاوے

ژورِم یار حضرت علی رض
ییمہ تھتھدے کفار گلی
ناو پیوس شیر جبارے
وہ لو بالہ یارو موتڑاوے

معراج کرنہِ دژاو رسولِ خدا ؐ
کرم کرُون چھ پانے خُدا
سارِنے تھوڈ چھے پیغمبرے
وہ لو بالہ یارو موتڑاوے

مازِے سازے بو وتے
مَدِ ہو ؤڑھس چارِ بو زتے
ولیے چنگِ ساز داَیرَے
وہ لو بالِ یارو موتڑاوَلے

راہ چھُم پاتَس کَس دَیے
ڈیڈِ تَل چاتے کوبہ چھیَے
حمَدا سوچھِ کرال کوبہ دَیے
وہ لو بالِ یارو موتڑاوَلے



ل یہ باتھ جھُ اَچھوپ۔

# جانور نامہ

یمٔ وُچھسے چھُ وَنانؔ
وُچھ ہون باغِ سُلیمان
پھوٚلتھ آو گُلِستان
وُچھ ہون باغِ سُلیمان

ربُ العالمین چھُ پاک ترَ
نبیَن کُن رٹِے کرتظر
بیٚ سوتےُ چھےُ مُنوَرَ
وُچھ ہون باغِ سلیمان

دستگیر صاب نامدار
ژوداہن سِلسلَن ہُند سردار
گریٚتھ ژڈ تۆ تہند دربار
وُچھ ہون باغِ سُلیمان

شیخ نورُالدّین چھُے پوٗرِ سامان
ستی ہیتھ حضرت شاہِ ہمدانؒ
مخدوٗم صاٗبَس وتِنا جان
وُچھ ہون باغہِ سُلیمان

حضرت بل چھُے درگاہ جان
تور کُن رعیت ساٗرے گژھان
ڈلس بروٚنتھے زلزل وۄتھان
وُچھ ہون باغہِ سُلیمان

سُلیمانؑ اوسُے پیغمبر
ریّہِ نِشہِ تمُی بوٗزتےٚ خبر
پاٗدِ گےٚ جانا ورُبیک آن
وُچھ ہون باغہِ سُلیمان

اَول ہُد ہُد گوو اظہار
قاَصد میوٗنےُ سَیُد تیار
کُٔتیجوَ روٗٹ پَئنُ خاندان
وُچھ ہون باغہٕ سُلیمان

نیلہٕ کرٛاَشنٕ ہارٕ واتٕج چھا
تِموَ پانَس کریوو پرٛاہ
پوٗز کرٕ سٕر اَپزِس فان
وُچھ ہون باغہٕ سُلیمان

کُکلِ کوٗر گُگُوٗ گوٗ
کوترَن پوٗز تَمیُک ہوٗ
دٕیدرِ دوٗپ ہیٛرے چھوٗ
وُچھ ہون باغہٕ سُلیمان

ڈوسُر وُچھتَن اصل ذاتھ
کوکرَ ژوٗر دڑا و کم ذاتھ
بےٚ غمَ جَل کرِ مےٚ ذاتھ
وُچھ ہون باغِ سُلیمان

راتہٕ موٗغُل کھٔٹِتھ روٗد
زِندَے چھاپہٕ وارا موٗد
کاوس تی غرض روٗد
وُچھ ہون باغِ سُلیمان

پُند پینٹز کانہٕ کیاہ چھُ وَس
ریچھِ دوٗپُس عزیب چھَس
چھُنو گُہُ ریٔونز کران ٹھٔس
وُچھ ہون باغِ سُلیمان

کوٗلرٕ پتہٕ ژھیچھ دِوان
دوٗبی بلے خلٲکھ شوٗبان
پَنہٕ پونیٚرن وُچھ زیٚز جان
وُچھ ہون باغہِ سُلیمان

غیٚترٕ گرٕ دژایہِ یکو باہ
بُطلچوٗ لوگ تماشاہ
گربدٕس گاٗنٹھ چھے گواہ
وُچھ ہون باغہِ سُلیمان

ڈلس چھے گِل بولان
پُھٹین کِس چھی روشان
دودہٕ برگس پَتہٕ زوٗ کریشان
وُچھ ہون باغہِ سُلیمان

گِلہِ نِشہِ بیٚلہِ واتان خَبَر
بۄزِتھ شالَس اَژان زَر
ژٕبہِ کُک آسان زَبَن اَندر
وُچھ ہون باغہِ سُلیمان

نٕدہٕ ہٕر خَشمہٕ ہوٚت کران نظر
ڈیشِتھ گاڈَن کھُچٹان پٕرَ
کولہِ ٹۄنچ اوسُے کران وَر
وُچھ ہون باغہِ سُلیمان

وارِیُل وُچھتَن تیٖر انداز
زِندَے ژٕرَن کھوان ماز
شاہپارَزا اَچھُے شکار باز
وُچھ ہون باغہِ سُلیمان

آگر پُھپناہ چھے عَنقاہ۔<br>
پَتھ کوہِ قافَس بسِتھ چھا۔<br>
راز ہونز چھُے تَتِہ بادشاہ۔<br>
وُچھ ہون باغِ سُلیمان۔

وُچھتَن یُہَے ژرِنہِ ھانگرُ۔<br>
سارِنے ستِ چھُ بانگرُ۔<br>
پَتھ کوہِ قاف چھُے ڈانگرُ۔<br>
وُچھ ہون باغِ سُلیمان

تخناہ اوس وُڈان پیٹھ<br>
ٹنبہ ساس کھورِ شینیوَ پیٹھ<br>
تیمی وُچھ تمٔی دوٚپ<br>
وُچھ ہون باغِ سُلیمان

تخنتاہ اوس سرِ مولا۔
دلو جن پری چھس تأ بیا
آسمانو بیٹھ سہ چھ وُڈان۔
وُچھ ہون باغۂ سُلیمان

شبہ ساس جاہ چھی ٹھوکی
شبہ ساس جاہ چھی موکی
زُو زاژہ ہندی چھ زِو ریشتھ ساس
وُچھ ہون باغۂ سُلیمان

ینیدر دژاس نیندرِ ہوت۔
یتہ چھمنہ ووتُس کوت
حمد تو یتہ ووتُس یوت۔
وُچھ ہون باغۂ سُلیمان

ہاسوٗچھِ کرٛالو کوٗرُتھ کیا

چھوٗتُے لول بوٗرُتھ کیا

کوٗرُتھ ساُلہِ شکار گاہ

وُچھ ہوٗن باغِ سُلیمان

---

١ یِہ باُتھ چھُ اَچھوپ ٢ اکِہ قسمُک جانور، مگر یِہ چھُ منحوس ماننہٕ یِوان ٣ اکِہ قسمُک جانور ٤ اکھ جانور ٥ اکہ قسمُک جانور ٦ جانورن ہِندی ناو

# گژھ کرَپننہِ نے اَستانے

کَتھ بوزطاَبو موروز پَتھٕ
گَژھ کر پَتنہِ نے اَستانے
وَتھ سَر دم زان غنیمتھ
گَژھ کرَ پتنہِ نے اَستانے

پیرَس نَپنس ہستی کر بیعت
ہاوی پہٕ باوی نِشانے
بَسپہٕ کھےَ کارَس تنَی رعیتھ
گَژھ کرَ پَتنہِ نے اَستانے

کُلفس کُنز ہنز چھے حرکتھ
ہونرے کو نہ چھُکھ واتانے
حرکس پتھی چھے محنتھ
گژھ کرَ پننہِ نے اُستانے

آینس پتس وُچھ صورتھ
اَتہِ ما چھُے کانہہ بیگانے
اَتہِ کھورتہِ کتہِ چھے زیارتھ
گژھ کرَ پننہِ نے اُستانے

جوے جوے چھے سماں وتھ
وتھ منز سۆدرس واتانے
جویہ چھِ کُل ذری یاوس ہتھ
گژھ کرَ پننہِ نے اُستانے

پتِنس پانَس موگنڈ ژبھ
ورزش کرتو پہلوانے
حالتھ پَتِنہٕ چھےَ مال ودولتھ
گَتھ کرَ پَتِنہٕ نے اَستانے

سوچھ کرال آو در ندامتھ
سُے آو اَمِہ چانہٕ نوٗرلانے
پَتِنہٕ ستی تمُ وُڈنے کَتھ
گَتھ کر پَتِنہٕ نے اَستانے



---

ل یہ بَاتھ چھُ اَچھوپ۔

# سُے دود چھُم جگرَس

کریُوٕٹھ پیوم یارٕ دود بوٗ وٕنہِ زانہٕ کَس
سُے دود چھُم جِگرَس

یُس رَوا دور چھُے لَدنَس تہٕ لُوٗرَس
کیا مَرِ کیا چھُ غمَ تَس
یُس مُوٗد صاحبو سُے وَن لِسہِ کَس
سُے دود چھُم جِگرَس

شہر چھُے بیٖرُون ڈیڈِ چھُس طرفَس
وَن ڈیڈِ کُرٕ چھِے جمہَس
سَتھ چھِی ڈیڈِ وَن شَے کَتہِ بادشہَس
سُے دود چھُم جِگرَس

مول کرِ فوتَس دلو موخترٕ بہٕ تتھ
اَدِ یکہٕ بازا رس
کُنھ چھے گُنی تے رِتھاے چھے منز دٔبس
سے دود چھُم جِگرس

اَندر اُژی چھے کَن مے دِژِوِمَس
دِلہٕ کِس سیتارَس
زمبور رَباب چھُ وَزان شوقَس
سے دود چھُم جِگرس

موٚت منصورِ یَلہِ کھوٚکھ دارس
پروائے کیا اوس تَس
یکسان تَس گوو نارس تہٕ نورس
سے دود چھُم جگرس

دِلہٕ جانہٕ بہتھو تِلہٕ واُنٛز وانَس

اوٚن دِتھ پھیر چرخَس

اَمہٕ شایہٕ کَتھ آیہٕ بکار لُقمانَس

سُے دود چھُم جِگرَس

سَتھ شہر زاُلِتھ وَتھ لٔب مےٚ فنہَس

سوے خبر چھےَ فقیرَس

ہا سوچھ کراو محرم سَپنَن تَس

سُے دود چھُم جِگرَس



# ذٕرکتہٕ دوٗرٕ برچون

پوشَن منز یوٗر سوٚمبراونوٚنَس پیروتہٕ محرم کرٕ لہٕ
ذٕرکتہٕ سہٕ دوٗرٕ برچون تَس نِش نَبا چھےٚ دوگتیار

عشقٕچہٕ درس گاہ سَبق ییٚس پرٕ ی سُے زٕند پایہٕ مرٕ ی
ہیےٚ اَکےٚ تےٚ بالہٕ وزٕنِس سَپدی دِل بیدار

ہےٚ دارِ تروٚپرِتھ نارٕوےٚ بٕرےٚ آب درخاک سوٚندرےٚ
کُس سَناہ تٕرٕ ی اَتھ دٕ ری یاوَس کمٕ سَناہ نوٚتیٚس تار

تُمراہ دٕزاییمَ مانٕچھ گٕنٕہ اَندرےٚ تِتہٕ تِہ لوگنمَ گرٕےٚ
تٮ۪ےٚ بوٚمبرس گو وزٕ ہر پأدا تُمرِ چھُ مانچھ مزٕ دار

کرٛالَن تھُرنَس ژٕرژِ واوٕرے لوٗڈکہٕ تلہٕ کس کیا کرٕ
ژٕرژِ پیٹھ وألِتھ کوندیٖلہِ بۄرٕنَس کوندِ منز ۔ گۄنڈٕ نار

مذمت کرٛی زٕہ اَتھ ہوٗنی نِشہِ ژرٕس نازا نہ گندگی ۔
ہوٗنی لوٗٹھ ہے برٕہَن قندیلَس ناوٕتھ بنیا کوٗ قوار

مَسحٕ کرٛی زٕہ اَتھ کاُنز ۔ پاُوس ژرٕس ناگندگی یے
ژۄکرٕ ستی رٕمہِ وال زالی ژٕندنَس بنیا دِو دار

سوٗچھ کرٛالس چھےٚ سوے تھُرِ تھےٚ دوٚ درٕم مادہٕ نوٗلرے
کیا کرٕ پانو تمہِ بوٗ سے تَرٕ ماگرٕ تھے بیقرار



---

لہ ۂ باتھ چھُ اَچھوپ۔

# بوز عربی رۆوِیے

یا فتاحُ ہو یاد مےٚ پیوِیے
بوز عربی رۆوِیے

الف اللہ نوٚن چھُ دزامُت
ب مُحمّد مُصطفیٰؐ
ت سمسار کار بوٚوِیے
بوز عربی رۆوِیے

ث صابرن سیدان کار
ج جمالے دیدار
ح حبیبس مَنگُن پیوٚوِیے
بوز عربی رۆوِیے

خ خوٚدی تِشہِ یُسہٕ بیوٕے
د دُنیا گوس ناٲلی
ذ ذلتٕس منز سُہ بیوٕے
بوز عربی روٚوٕے

ش شرٕ تِشہِ مَنگُس احسان
ص سَیدی صاحبان
ض دادٕن دوا بیوٚوٕے
بوز عربی روٚوٕے

ط طاٲبس سَیدان کار
ظ ظلمات اَندرو
ع عین الحق گوٚوٕے
بوز عربی روٚوٕے

غ غائبت نشۂ روز دوٗر
ف فائیدا بنی پوٗر
ق قاضی صفا گوٗوِیے
بوز عربی روٗوِیے

ک کار تہتدی گرٹھ بوزان
ل لَا اِلٰہَ اِلَّا اللہ
م مقام محیط گوٗوِیے
بوز عربی روٗوِیے

ن نبوت واجب زان
و رَٹھ نشۂ یکسان
ھُدَی المؤمنین گوٗوِیے
بوز عربی روٗوِیے

لا ہٕ اِلاّ اللہ گرٛتہٕ پران
ع سَپدی پأری زان
ے یبادت تعبیر گوٚوٕ یے
بوز عربی روٚوٕ یے

یٚیند رٕسوچھ کرال گرٛتہٕ بوزان
ذاتہٕ سُندٕ ے عأرفان
کُن فیکون بتہٕس دوٚوٕ یے
بوز عربی روٚوٕ یے



---

لہ یہ بأتھ چھُ اَچھوپ۔



کوٚستوٗر بولان موٚستوٗرٕوَن سےٚ نےٚ
تمٕ لَیہِ اوٚن نےَ یَتہٕ سےٚ نےٚ یار

ووستاد روٗس چھُنہٕ کانہہ کارِ یَتہٕ تےٚ
ووستاد باوان سِیر اسرار
پیٖرے چھُ سیٖرَن گوڈٕ کِنہِ بَتہٕ نےٚ
تمٕ لَیہِ اوٚن نےَ یَتہٕ نےٚ یار

شوقہٕ چےٚ لیٚترے کَف چھُپہٕ ژھٕنے
تھَپ چھَس کرِتھ پیٚر ستر رلے
ژٕکس چھُہ موٚدُر ییوند بَہٕ نے
تمُ لَیہ اوٚن تَے بَہٕ تُے یار

عاشقو بیٚیہِ ہیٚرٕ ہاے مَتہٕ نے
تَھ پیٹھ پینہٕ تے مار چھی بُزان
تمہِ کُے نار چھُکھ اُدیار بَہٕ نے
تمُ لَیہِ اوٚن تَے بَہٕ نُے یار

عاشق پیٚلہِ گیٚہِ یمِتے زوٚنہٕ نے
لاران تَم گیٚہِ پیٚر استان
پیٚر چھُکھ نیٚندرَے بیدار کرہٕ نے
تمُ لَیہِ اوٚن نَے بَہٕ نُے یار

عاشقس ییٚلہِ چھےٚ عشقہٕ تَب سَنہٕ نےٚ
تَھٕ ماکُنہِ چھُکھ دوا بَشان
تَمِہ کےٚ طبیب چھےٚ حبیب بَن نےٚ
تُمیٚ لَیہِ اوّن نَے یَنہٕ نےٚ یار

ہا سوٚ چھ کرالو گوکھ نازوٚ بہٕ نےٚ
یوٚ تام لوٚکچار آسے سوران
لوٚکچار چھُ دوستس دوستی بَہٕ نےٚ
تُمیٚ لَیہِ اوّن نےٚ یَہٕ نےٚ یار



---

لہ یہِ باتھ چھُ اَچھوپ۔

# وۄتھو لالو پیارو رۄپہ وَن

کرِ یاٗری شیخ العالم رحؒ[1]

وۄتھو لالو پیارو رۄپہ وَن

تۄر پھولمت تۄہِ کرِ وقتے
سۄ ہا مقبول اوسُے اوے
تہِ آفتاب گومُت چھُ روشن
وۄتھو لالو پیارو رۄپہ وَن

---

[1] یہ باَتھ چھِ لبتہٕ پورِکی کرٕ ال گبوان۔ منے چھُ یہ باَتھ عبداللہ کرالس نِشہِ تقریبَن از برۄنہہ داہ ؤری بوزمُت یُس تقریبن نمتھ ؤری پٮ۪ٹھی واَنسہ منز از برۄنہہ کینہہ ؤری گُذریو۔ یہ باَتھ چھُ اَچھوپ۔

رۄپہٕ وَن چھے تَتھ کَنہِ پأرؠ
باہ شَتھ کُلأ سِمھ آیہِ سأرؠ
پُرٕکھ نمازٕ وقتے یِنٛشَن
ووتھوٗ لالو پیارٕ رۄپہٕ وَن

رۄپہٕ وَتے پیر ژاو غارس
مُشِ تَتہِ گوو پارس یارس
تَتہِ ناگا کوٚڈ گُرِی پڈٕ رَن
ووتھوٗ لالو پیارو رۄپہٕ وَن

تَتہِ پیرس سَمیہِ سأرؠ
تِموَ مسَلےَ تھوٚوِہےَ جأرؠ
کھیٚنہِ نعمتہٕ اَتہِ ہَکھ بیوٚن بیوٚن
ووتھوٗ لالو پیارٕ رۄپہٕ وَن

پیر پھیران کوہن تہٕ بالن
ہتہٕ زرٕر وٕدِتھ ہاکھ ژھارن
تس ذاتس تھووٕمُت تی کھین
وٕ تھوٗ لالو پیارو رٕوپہ وَن

مُلو باہ شتھ ڈٔنی ہس ملا
تتہٕ عالمن گوٚمُت چھُ تلا
جواب دیُت تمہ ہابیکاتن
وٕ تھوٗ لالو پیارو رٕوپہ وَن

سِپاہ سالار آیوو لاران
گوٚپھ منز پیرس آسی ژھاران
گُنبہٕ سرٕف تتہٕ نا اوس ژھین
وٕ تھوٗ لالو پیارو رٕوپہ وَن

یاوَن مرٕتہٕ آسس پھیران
ییوان اکہِ اَند بیٚیہِ اَندٕ گرٛتھان
آس اُسان ییٚپر تیٚتہٕ والَن
وۄتھو لالو پیارو رۄیہٕ وَن

یوش پھوٚژمو وارِ ہتہٕ باغَس
لاگ بُلبُل عارف زاگس
یِنٕدر غزٕلا وۄٚن سوَچھِ کرالن
وۄتھو لالو پیارو رۄیہٕ وَن



# عالمس گاہ تڑوو حُسنَ چاآنی

عالمس گاہ تڑوو حُسنَ چاآنی
نازنین گُل خندآنیے

زوُنا کھڑمو تھدِ اسُتاآنی
ستاہ شولہ مارآنیے
وزملہِ گاہ تڑوو درشباآنی
نازنین گُل خندآنیے

تھذرس ہیتھ کیا چھکھ شوباآنی
نظرا کر نظرِ شاآنیے
کیا اللہ تڑاو کھ نایم ملالہ ساآنی
نازنین گُل خندآنیے

مارِ کرِی عاشق اَمِ عمَن چاَنی
روگِہ روگِہ عاشق چھکھ وُچھاَنی
مُہتہ عاشقَن چھکھ نواَنی
نازنین گُل خنداَنی یے

سورگہ منز کیا چھکھ گرِایہ ماراَنی
کَنہِ یوز قُطبِ رباَنی یے
یام یوز تام پھیر اَسہ زندگاَنی
نازنین گُل خنداَنی یے

یئندرِ منز سوچھ کرال چھےونَانی
کُس بازانہ تعریف چاَنی یے
یہ ته ساتھا لاگو یاراَنی
نازنین گُل خنداَنی یے

---

ل یہ باتھ چھُ اچھوپ۔

# نوُر تھندے گاہ چھُ پوان عالمس

میانہِ وَنہ نگ کیا چھُ پروا صاحبس[۱]
نوُر تھندے گاہ چھُ پوان عالمس

سارِ نے برونٹھ یادُ کورُن مُصطفےٰ[۲]
زور دِتی تس ژور یارِ چھیس تا بیا

معاہدِ گوئیٔ یام تُکنے قلمے
یادِ کرِنی ارداہ ساس عالمے

نوُر تھندے دِیُن سارِنے مُرسلن
مَنہِ کامن گئیہ تہِ پوُرِ تھ اُمتس

نوُر تھندے گاہ چھُ پوان عالمس

---

۱ یہ باتھ چھُ گو ڈنجہ لکہ چھیان

ذکریاہسٕ لارتھوونے وردنَس
یوٗر یوٗر گوٚو برونٹھ آیہِ تَس کوٚہ تہٕ وَن

سوٚ خیتہٕ ییلہِ گوٚو جاے تمہِ منٛز نےٚ کُلس
کُل سپُد واعظ زٲو اندر تتھ کُلس

ہرٛ سیوٚ ڈُے آرٕ بوگہس تتھ کُلس
ندا سپُدس دم کڈنَس کرٕی زٕ جس

ہوٚٹ دارتھ آرٕ ہسے رٕوڈُے تیار
ذکریاٴ کوٚر مار دُشمنو ہوکس

نوٗر تہٕندے گاہ چھُ بہوان عالمس

پیش کیا سآو حضرتِ صآبرس ۴
صحتہِ بدن مال و دولت نیوٚن تَس

درکھ تُلر پاڈکیمی پٮ۪یسٕ بدنَس
دادِ کلدَن چار زوتُن تہٕ ودتَس

کیمبو اندرے اکھ کیوما پتھر پیوس
تھوڈُن تےٚ ٹکھِ سان تمہِ ماز کھیوس

آہ ہےٚ کرِہا چاہ گرتھِ ہا زمینَس
واے ہےٚ کرِہا کھنجہِ گرتھن فلکس

وُچھ تہٕ تتھس صآبرس کوٚتاہ ونیوو
کُن تہٕ کیول راہ مسافرا بنیوو

نوٗر تہٕندے گاہ چھُ بہوان عالمس

پیش کیاسا آو حضرتِ خلیلس ؑ    نارس منز ووے نمرودن بیکس

دوٚتھ جبریلؑ شیچھ ہیتھ اے نار    حض خلیلسؑ پھوٚلی گرتھ گلزار

آو میکائیل کمی کوٚرمیا ٹنس خلیلسؑ    تورِ ددنیس خوش گو میانِس ربس

نارِ منز درا ویلہ خلیل اللہؑ    تورِ نیرتھ ادبنوون کعبس

نورِ تہندے گاہ چھُ ہوان عالمس

حضرتِ یونسؑ یارِ بلس پیٹھ ہیتھ    نداسیدس گاڈ اکہ زُھن نِنگہ لِتھ

شکمِ ماہی در شکم سُے غرق گو    شکمِ ماہی اَڈ کُجُ تس گیہِ زبو

عرض کوٚرن گرِہ منز نے پھٹہ ما    کرِ ہنز تتھ چھُس زورِ نشہِ رفود لاطمع

عرض کوٚرن بوچھ لجم کھمہ کیا    نداسپدس گاڈِ ہند مارِ چھِے غذا

اُندرِ ی اُندرِ ٹکھ تھوٚن ہوشہ ڈج    ژرِہ تہندے گیہ بیمار بتھ رُج

نورِ تہندے گاہ چھُ ہوان عالمس

کاوَن ہِندی پاٹھی مازٕ نیوٗ ساری شہرَن ... کرٕنٕ تھوٗ وُہس منٕز مادان کیاہ کرَن

پَنٕتو لاکَن آو کرٕالایٹ ہیتھ ... اَسٕہ اَستے اَسٕہ لوٗین موکھ پرٕ بَت

زٕسہٕ زٕسے زٕسہٕ گُئیَس تور کرٕ بکھ ... کرٕالہٕ پایو اَسٕہ پاٹھی زٕسہٕ یکھ

نیوٗ وکرالَن حضرت یونس عٔ پچھ کیتھ ... سوٗرُے شہرٕ گوو مُنور کرٕال ہیتھ

پاہٕ مالکِ دِل چھُ وُچھان عاشقن ... سوٗ چھ کرال چھُے مَعنہٕ ژاران عارفَن

نوٗرٕ تہندے گاہ چھُ بوان عالمس

## زولہٕ مےَ ترٛاو وَنہٲرۍ یے

قَدمَن لگےَ پٲرۍ پٲرۍ یے
زولہٕ مےَ ترٛاو وَنہٲرۍ یے

واتہٕ پیٹھےَ تھان گرٛتھِ والُن
قاوُمبلاے پوٗرٕ گرٛتھِ پالُن
پوٗرےُ تی سأتی سردٲرۍ یے
زولہٕ مےَ ترٛاو وَنہٲرۍ یے

تھوٗد ووتھ پاسہِ آخرن
سونَس مول چھُے تتھ وقتن
اَتھ سونَس کر خرٟدٲرۍ یے
زولہٕ مےَ ترٛاو وَنہٲرۍ یے

لبتہٕ پورٕ کرٛ اَلِس اوس خاندر
شوقہٕ باپہٕ صاَب اوس گالندَر
دۄنۄَے تٔمۍ مدینہٕ تاَرۍ یے
زولہٕ مے ترٛاو وٕ تھاَرۍ یے

شوقہٕ بایہٕ شوقہٕ چاتہٕ آَس لاران
ڈیڈٕ تٔل بہٕ کرَے ژُو قرُبان
مالہٕ جاتہٕ لگیو پاَرۍ یے
زولہٕ مے ترٛاو وٕ تھاَرۍ یے

دسگیر صاَب چھُم منز خانیار
ناوِس بہٕ کرس سَرٕ نشار
ڈیڈٕ تٔل بہٕ یاران ساَرۍ یے
زولہٕ مے ترٛاو وٕ نہاَرۍ یے

خوجہ یارؔ بلہ چھُے ناوٕ تار
حضرت بلہ چھُے سون سردار
اُتھی چھِس ذمہ داری یے
زولہٕ مے ترٛاو وَنہاری یے

برٛہ مالی صاب چھُم نارستان
بابا بام الدّین چھُمہٕ زٕرے آسان
شوٗبان چھِس گلہ کاری یے
زولہٕ مے ترٛاو وَنہاری یے

زاہٕ شاہ صاب چھُم عشق مقام
پیاران پیاران تتہٕ گوم شام
تمٔ تتہٕ اُجدر ماری یے
زولہٕ مے ترٛاو وَنہاری یے

رێشہِ مٲلۍ صاب چھُے اسلام باد
پھیرِس واتہٕ لایِس ناد
تمۍ ترٲوِمۍ خانہٕ دٲرۍ یے
زولہٕ مے تراو وَہنٲرۍ یے

بَچہِ پھٹ سۄرانَس یَسِ والَم
وُدِتے ژَنڈُنا زانَم
آبا چھاوَنَم جٲرۍ یے
زولہٕ مے تراو وَہنٲرۍ یے

یسّمبہِ میانہِ نکھ دِن یارِ تے دوس
پانہٕ وٲنۍ کتھ کرُن اَمِس کیا اوس
اَمِس آس عشقنہٕ بیمٲرۍ یے
زولہٕ مے تراو وَہنٲرۍ یے

قبرے بیٹھ ییلہِ واتہٕ ناوتم
دوٗن ژوٗن گرِن پیارنا وِتم
قبرٕ ہنز چھُمَ نا تیٲری
زولہٕ مے ترٲو وَنہٲری

قبرے اَندر ییلہِ والتم
دُچھنَے لَرِے ساوِتم
ترِتہٕ بکار عملہِ ہنز تیٲری
زولہٕ مے ترٲو وَنہٲری

سو چھ کرٕ الہٕ زاروَن ژےٚ بیرس
محرم کریو سٕے سیرسٕ
یور تو چھےٚ ملک دٲری
زولہٕ مے ترٲو وَنہٲری

---

لہ یہِ بأتھ چھُ اَچھوپ۔

# کینژ چھی کینژ نہٕ زانان

تَن ییلِہ گَیہِ اَتھ منٛز نیرتھ کُنہِ ناوٚمَس پیٚیے
در ملکِ وجوٗد ییلِہ توٚن کوٗڈُم وُنِتَس روٗدُم نہٕ وار

کینہہ نہٕ چھی کینہہ نے کانہہ چھےٚ زانان کینہہ نہٕ منٛز تبیرِ النِسان
کینہہ نہٕ کُے معنے یمیٚ زونیٚ کینہہ نےٚ گوٚر ہےٚ بیان

کینہہ نےٚ منٛز وجوٗد توٚن ییلِہ دراو زاَتھ کر گُفتار
گفتار بوٗزِتھ روٗدُس تَن دار کینہہ نےٚ کٔرِتھ اظہار

کینہہ نے زونُم کینہہ نے موٗتُم کینہہ نہٕ سٔتی سیدُم فان
کینہہ چھی در ملکِ وجوٗد لٔبِتھ کینہہ نہٕ چھی کینہہ زانان

کیٛہنہ نہٕ منز پادٕ گوٚو شکلِ انسان کیٛہتہٕ نہٕ تسہٕ چھ کیٛنژن زان
کیٛہنہ گیٛہ درملکِ وجوٗد بسنے سجوٗد کرِتھ منٛز پان

مقامِ ملکوت پیوٚ زونے ہر طرف وُچھکھ یکسان
ملکوٗت ناسوٗت جبروٗت لاہوٗت ژوٚنوٚے کُنے یکسان

درملکِ وجوٗد کُنِس کیاہ چھے خال سو چھ کرالہٕ سرسہٕ دربار
درملک وجوٗد تسَ ستی رَل یَس کیٛہتہ ٹلہٕ روٗدُم وار



---

لہ یہ باتھ چھُ اچھوپ۔

## وولو عار اوے ناسونیے

مارِمتہ یارو بوز میاٹی زارٹہ
وولو عار اوے ناسونیے

ہکہ وتنس رؤدُم نا وار
بُکہ بُکہ آمو ودونیے
کیا با لُکہ گیلُن مے کریم کار
وولو عار اوے ناسونیے

ہانتڑ کرُی کرُی ڑ موسے مار
کاڑ زوُتہ کاستم گڑونیے
کاڑتے ڈونگ نے مَتہ چھے مار
وولو عار اوے ناسونیے

گوو شیخ صنعافنا اذکار
ہێتن یٚتھ ہیوٚتُن لارونیے
ژٲٹِن تسبیح پٲرُن زُنّار
ووٚلو عار اوے ناسونیے

کَس وَنہٕ ٹوٹھ ما دژاو سمسار
بوسہٕ وِتھ ژوٚلُم کور کوٚرنیے
سوٚ ہو جلے ژٹی اَند مَزار
ووٚلو عار اوے ناسونیے

نادان حارِتھَ عاَقِل ہُشار
منصوٗر ہیوٚتُکھ مارونیے
اَن تمی پوٚرنے وَنہٕ آس یار
ووٚلو عار اوے ناسونیے

یَس آسہِ اَندری دٕزٕوُن نار
ژھوپہ کرِ روزِ اَندکوٗنیے
عاشق چھُ پانَس پانہٕ مُختار
وٕلو عار اوے ناسونیے

رَوپھِے پیکان صدہزار بار
پوٗ زان یُن ہٕ گرٕ ھونیے
پچھو سوٗ چھ کرالن پیالن زہار
وٕلو عار اوے ناسونیے



---

لہ ہہ باکھ چھُ اَچھوپ۔

# اَدِ ہو گرٛھِ بخت بیدار

بُسلِ ووتھ آعَشَ وَن وِلہٕزار
اَدِ ہو گرٛھِ یوٗ بخت بیدار

حضرتِ آدم کوٚرُن پیاَدا
رنگہٕ رَنگہٕ وُچھ باکارے خُدا
ملکَو سجدا کوٚرُس یَکبار
اَدِ ہو گرٛھِ یوٗ بخت بیدار

حج پال دِیوٗ زکات کر احسان
اَدِ ہبا دَپیٚے پوٚز مسلمان
پانژَن وَقتن دُیتٚن اقرار
اَدِ ہو گرٛھِ یوٗ بخت بیدار

سوٗدَرس مترِ۔ باگ لال موختےَ
دُم دِتھ کھاربا پُھکھےَ پوختےَ
لاہچ قدَر زانۃِ بیناؔ دار
اَدِہو گرڈھِ یو بخت بیدار

حضرت صدیقؓ گوڈینگُ یار.
پرَزس پیٹھؒ تمِ ڈیتُں اقرار.
بارِ تمُ ہیوتےَ سون سرداؒر.
اَدِہو گرڈھِ یو بخت بیدار.

عمرؓ صاحب چھُےَ پہلوان.
ہستی چھِس واراہ با ایمان
کُفارن تمؔ گیئُند تِکہِ تار
اَدِہو گرڈھِ یو بخت بیدار

حیادار اوسُے حضرت عثمانؓ
آیہِ آیہِ سوٚمبرِوِنۍ قُرآن
ڈالی سوے نیہِ نۍ بیشہِ سرکارؐ
اَدِ ہو گرٕژھِ یوٚ بخت بیدار

حضرت علیؓ شیرِ جبار
ووڈِ چھِس کُلا ہلہِ ذُلفکار
شہرِ خاورس ٹیُلن گٔژھ کار
اَدِ ہو گرٕژھِ یوٚ بخت بیدار

بُرس تَل وأتھ کرس زارِ پار
رأضی مےٚ روزہم بنیہِ ژوریار
سوٚچھ کرال تہٕنٛدُے خدمتگار
اَدِ ہو گرٕژھِ یوٚ بخت بیدار

---

۱ یہِ بأتھ چھُ گوڈنچہِ لٔڑِ چھاپ سیدان۔

# بالی کنہ دوران ے مار گرا ے

یا پس تاوان کالی چھے لوران
بالی کنہ دوران ے مار گرا ے

مالنے اسم وچھ کتھ شیران
وجس تقدیران بے پاغام
تقدیر نشہ اوس تدبیر ایران
بالی کنہ دوران ے مار گرا ے

مالِتۍ اَسِم وُڈِ پھُٹ شیٖرَن
بڑِ چھِم وآرِو دِنَم ما پام
ژٕکھِ سان مٕش چھِم ژٕو چہِ دُج بھیٖرَن
بٲلِ کَنہٕ دوٗرَن مے مار گرٛاے

گیان اوسُے نشہِ پرٛٔیانس بیرَن
ژیان ژھاران تَتہِ آسی ما ساعت
میانہِ اَتھِ تَتہِ آو دَم گیٖرَن
بٲلِ کَنہٕ دوٗرَن مے مار گرٛاے

راجہِ رِنٛزٕ اَسے زَف مال شیٖرَن
واسِس پیوٚو یا پاسِس تاپھ
ماتَند گوٚٹ کوٚر سِریہِ کہِ نوٗرَن
یٲلِ کَنہٕ دوٗرَن مے مار گرٛاے

رام اوس شامَن ہاوتہٕ شیرَن
بَردِتھ ووتُے در حرم خان
دِگہٕ نِین ستّی اوس ہا بمَن زیرن
باٗلی کنہٕ دوٗرن مے مار گژاے

یِہے کتھ وُنی نمَ بتنی پیرَن
خوٚدی ہندی جامے وارٕ چھلِہٕ ناو
یینِدرمنتر سوچھ کرژال شاستر شیرَن
باٗلی کنہٕ دوٗرَن مے مار گژاے

---

۱ یہ بآتھ چھُ اچھوپ۔

# جَلوہ ہوونَم دِلدارَن تےَ

کوٗرُس فِلوا معشوقن تےَ
جَلوہ ہوونَم دِلدارَن تےَ

اَلِف، اللہ زان تٔرِ پانَس
ب، بستی کرِتھ چھُے ہر مکانَس
ت، تاوَن بے کارَن تےَ
جَلوہ ہوونَم دِلدارَن تےَ

ج، جہلت ترٲوِتھ بَنکھ انسان
ث، ثابت کرتو جسم بٔنیِہ جان
ح، حیاتی بے دارَن تےَ
جَلوہ ہوونَم دِلدارَن تےَ

خ، خوٚدی نٕشہٕ کٔر توبہٕ تقصیر
د، دُنِہس ہتےٚ روز دم گیر
ذ، ذکرِ حق ہُشارَن تےٚ
حَلوٕ ہوونَم دِلدارَن تےٚ

ر، رحمت سوٗزِے ذاتہٕ پاکَن
ز، زوال تتہٕ کیہنہٕ چھُنہٕ عاشقَن
س، سوٚدرس ژھوہ مارَن تےٚ
حَلوٕ ہوونَم دِلدارَن تےٚ

ش، شفاعت اَز کَرِ نبی تاجدارؐ
نفسِ شوٗمَن کوٚرنَس بہٕ گرفتار
موردارَن دیوونَس تَن تےٚ
حَلوٕ ہوونَم دِلدارَن تےٚ

ص، صوٚدرس ہتی کرتو گتھ
ض، انسانَس چھے ذلالت
ژون چیرِن دیوونس تَن تے
جَلوٕ ہووِنَم دِلدارَن تے

ط، طالبو گژھتو خبردار
تمہِ جایہِ وٚسی چھُے بوان گاہٕ جار
ظ، موٚرُس اُمی ظہوٗرن تے
جَلوٕ ہووِنَم دِلدارَن تے

ع، عین الیقین سَر کر
غ، غفلت ترٲوِتھ اَتھ اَندر
ف، فنا چھُہٕ نِشہٕ سالکن تے
جَلوٕ ہووِنَم دِلدارَن تے

ق، قودرت چھے ذوالجلالَس
زاگ ہیتھ بہٕ روزَس موٕے پیالَس
مَس چوونَس چھُس توشِن تےٚ
جَلوٕ ہوونَم دِلدارَن تےٚ

ک، کلمے آگرُ سَر کرِتَن
اَتھ زارس محرم کوٚرُس رازَن
رازٕ بوونَم رازدارَن تےٚ
جَلوٕ ہوونَم دِلدارَن تےٚ

ل، لولا برتو جبرٸلس[۴]
چھکھے عاشق زٕبولاگ سِتٕ تالس
م، مُحمدؐ سَر کرِتَن تےٚ
جَلوٕ ہوونَم دِلدارَن تےٚ

نٛ، نوٗرُک پَرتوٚ یِلہِ ترٛوٗوٗن
وٛ، اُمتَس سِتی مِلہِ نوٗوٗن
ھٛ، ہدایت چھُے فقیٖرَن تٔے
جَلوٕ ہووَنَم دِلدارَن تٔے

لامٛ اُلفَس یٖلہِ گوٚو پوٗر اخلاص
ءٛ، ڈیشِتھ ترٛوٗوٗن پوٗر وسواس
یٛ، چھُ پوٗرتے نوٗرٕ باچھُ زٕھِن تٔے
جَلوٕ ہووَنَم دِلدارَن تٔے

باوٕمید چاَنِس دربارَس
شوٗب کیا میاَنِس گاٹہٕ جارَس
یٖنِدر منٕز وٚوٗن سوچھ کرٕالَن تٔے
جَلوٕ ہووَنَم دِلدارَن تٔے

# کَس وَتہٕ سنگ گوم
# یارَس دِل

ہے وٚیسی ہی تَنہٕ اَری نہٕ ہُند رَنگ گومُت
کَس وَتہٕ سنگ گوم یارَس دِل

کرٕیوٚ ٹھ متے لولہٕ کِس دٲدِس انگ گوم
زیٚو ٹھ پیوٚم وارا عشقہٕ مُنزِل
بیوٚٹھ کَتہِ سٕے یُس تیٖر تھ کُنگ گوم
کَس وَتہٕ سنگ گوم یارَس دِل

کَشہِ تیر لاٰیِنَم وا‌ٰیِتھ چِنگ گوم
بمہ ہارِ نجہِ چھُس چاٰرِتھ چِوو
زنجیر زلفہٕ کِہ ناپاہ لنگ گوم
کَس وَنہٕ سنگ گوم یارس دِل

لولہٕ کسِ نارس دزہٕ دُن کنگ گوم
کولہٕ سارِ کَس ہِتہٕ کوٚرتھم میثُل
ہولہٕ ہِتہٕ زاٰجِنَس سونزلُس کونگ گوم
کَس وَنہٕ سنگ گوم یارس دل

دزٕ امُت سوٚچھ کرٛال یہ کیاہ رنگ گوم
بےٚ چھُم اَسِہ دون کر گرٛشہٕ میثُل
یار چھُم نزدیک ساس پرسنگ گوم
کَس وَنہٕ سنگ گوم یارس دِل

---

لہ یہ باتھ چھُ اچھوپ

# خُداوَندِ الٰہی

کارَتہٕ کارباقَندٕ[1]
خُداوَندِ الٰہی

اَیُز آب کوتاہ مَتہٕ
دوٚیَس چھے رسوائی[2]
پوٚز اوس دوٚدہٕ رفُد اَندٕ[3]
خُداوَندِ الٰہی

وارُد گرژھِ[4] ہورُن چیندٕ
یارُد بے وفائی
یارُد گرژھِ مارُن قَندٕ
خُداوَندِ الٰہی.

ئسِ وزِ ژۄرس ژاس یاپوند

ژۄرس سوے چھُے دعائیٖ

پۄر ییلہِ نیرِ بہِ کس وندہٕ ۵

خُدا وندہٕ الٰہی

سو چھ کرال کران تس پیوندہٕ

یس آسہِ دلس صفائی ۶

چھلتھ پانس دُین گرژھہِ رندہٕ

خُدا وندہٕ الٰہی

---

۱؎ گیون وألی تہِ چھ گیوان کاربافندے تاہم چھُ ساقی صاب فندہٕ بدلہٕ لفظ باشند استعمال کران۔ ۲؎ وۄپرِتھس ژےٚ رسوائی (ساقی)

۳؎ کوٗرم گندہٕ (ساقی) ۴؎ گرژھہِ بدلہٕ چھُ ساقی صابن گوژھ لیوکھمُت ۵؎ پۄر ییلہِ لو بنرِ تہِ کس گوندہٕ (ساقی)

۶؎ تس سو چھ کرال کرِ پیوندہٕ

یس آسہِ وۄندہٕ صفائی (کامل)

# پلانے اوس بہ بہانے

ہتا پانہ بہ کُس گوس
پانے اوس بہ بہلتے

ماجہ بیلہِ زاس تھتے بیوس — وُچھم زوُن ہتہ آفتابے
یتھے آس تتھُے گوس — پاتے اوس بہ بہاتے

پنا کھاجوم ستہ سوس — پران گوس ہوَ اللہ
تمیک معنہِ ترانان گوس — پاتے اوس بہ بہاتے

ضراب خانہ دوُدمیون پوس — ضرب بیوم اِلَّا اللہ[۱]
ضراب وانہ منے شکھ کوس — پاتے اوس بہ بہاتے

مس چیتھ ساقی مطرب اوس — چوان اوس پے درپے
شراب خانہ بے شکھ اوس — پلاتے اوس بہ بہاتے

---

ل ضرب بیوو اِلاالله (ساقی صاحب)

مے نازون ہمہ اوس — مے گرِ اوس شہنشاہ[1]

کُس چھُم دشمن کُس چھُم دوس — پانے اوس بہ بہلے

کیہتہ نے اوس کیا اتام اوس — کیہتہ نس معنہِ چھُ کینہ شاہ[2]

کیہتہ نس معنہِ ونُن گوس — پانے اوس یہ بہکے

ہا سو چھ کرِ الو وُچھان گوس[3]

کیہتہ نے اوس غارِ اللہ

بہ ونہ ہِ تستے وُسِتھ بیوس

پانے اوس بہ بہلے

---

۱ گرمیانہ اوس شہنشاہ (ساقی)

۲ کیہتہ نس معنہ چھُ کیاہ (ساقی)

۳ سو چھ کرالِ دنان وچھان گوس (ساقی)

# اَمرِ خُدا مَاَنیٔ توَ

قَاَنی سَمسار زَاَنیٔ توَ
اَمرِ خُدا مَاَنیٔ توَ

صُبحچہِ نمازِ گرتھ بیدار
پیشینچہِ نمازِ تڑاو کارِ بار
دِگرِچ نمازِ چھےَ جگرس زِبو
اَمرِ خُدا مَاَنیٔ توَ

شام چھےُ اُویُل پرَاَںُ گرتھ
خُفتن نمازِ پڑاراںُ گرتھ
وِترِچہِ نمازِ گرُزان گوَ
اَمرِ خُدا مَاَنیٔ توَ

تَتہِ مادیٖنم سیٖکہِ وُٹھ لو
تگنَم نےٖ تہٕ کیاہ ہاوَو[3]
دَگنَم ناپہٕ کبو دوٗ بوٗ سَو
اَمہِ خُدا مانٔے تو

یَس یِیتہِ ییٖلے تاوَن پیوٗو
اَتھ چھیٖنی گرتھو کیا ہاوَو
سو چھ کرالہِ ساری توٗری واتو[4]
اَمہِ خُدا مانٔے تو

---

١ پراران چھُنہٕ صحیح یہِ زَن ساقی صاب صوفی شاعری منز لیکھان چھُ۔
٢ پٔران چھُنہٕ یُس ساقی صابن درج چھُ کوٗر مُت بلکہ چھ پٔراران۔
٣ تگنَم نتے کیا ہاوو (ساقی صاب)
٤ ساری سو چھ کرال توٗرِ واتو (ساقی صاب)

# ہَبا یہِ چھُے گُمانَے

اَکھ ژٕرِ بنِیہِ بہٕ گٔنٛزرمَبا
ہَبا یہِ چھُے گُمانَے

یَتھ فانٛی سرایہِ دیُن چھُے شَبا
اَتھ منٛز مو تراوٕ دُکانَے
کانٛہہ مُرن اَز یا پگاہ
ہَبا یہِ چھُے گُمانَے

سٔدرس منٛز باگ چھےَ زوٗنہٕ ڈبا
تَتھ منٛز بِستہ چھُ پانَے
نَے ترِ نینٛدرِ نَے ترِ شَبا
ہَبا یہِ چھُے گُمانَے

غارس اندر زچھے مے گبا

رنگہ رنگہ کرٕہ مس سامانے

زچھتھ کرِتھ کوٚرتم ذبح

ہبا یہِ چھےٚ گمانے

دردکہِ نارے برتو بیا

ہرد تہٕ سونتھ چھےٚ بہلتے

مردِیہ پنتے ونتو حُبا

ہبا یہِ چھےٚ گمانتے

عُمرٕ یتی موکر تباہ

تنے ہسا لوگتھ بہاتے

دوٚگنیارٕ ستین لگان دبا

ہبا یہِ چھےٚ گمانتے

دِلس پیتس گنڈ تو مسابا

کُلس کتہِ چھےٚ مکانتے

تنے کتہِ لوٚگیو مس شرابا

هَبا یہِ چھُے گمانے

پیٛرے موج تےَ پیٛرے یبا
پیٛرے چھُ شمشیر برہنے
سُئے ضربہٕ ہتھن کران ذٔبح

هَبا یہِ چھُے گمانے

زُچنَ چھا با دَیان قبا
تَھ چھُے دراز دامانے
پوٚت پھیر کانہہ شهادیہِ یو کھبا

هَبا یہِ چھُے گمانے

کاٰلی روزِ محشر لگِہ اکھ شبا
تتے اُترِ ری سُہ پاتےَ
پیوٚن بیوٚن سارِن ہین محسُبا

هَبا یہِ چھُے گمانے

---

۱۔ تراو بدلہٕ چھُ ساقی صاب دم لیکھان

۲۔ پگاہ بدلہٕ چھُ ساقی صاب صبا لیکھان

سوچھ کرال کران تَس مرحبا
یُس اَسہِ زبنے دیوانےَ
مُرتھ ہُران تَس مرتبا
ہَبا یہِ چھُے گمانےَ



---

۳ یہِ شار چھُ گوڈنچہِ لٔڑِ چھپان
۴ حُبابا (ساقی صاب)
۵ مُے ( ” )
۶ گوو ( ” )

# مَترٕ نومٕوے دۄر پٕچھُے

پٕتنے بیٚنہٕ مہتو لیٚوے
مترٕ نو موٕے دۄر پٕچھُے

تورَے آکھ کرانِ بےَ
پیَران آکھ اللہ ہوٗ
پھیران چرخہٕ تمَہٕ کےسےَ
مَترٕ نومٕوے دۄر پٕچھُے

پیٖرس پیَتہٕ کرِ اِقتدا
سیٖرُک معنہٕ باوی سُے
سونٛس یُتھنٕہ میلی لوٕے
مَترٕ نو موٕے دۄر پٕچھُے

عیسا ہٕ نِشہٕ پَے درِ پَے
بیاہ نِشہٕ کھوژان زبوٗلہٕ
ریحانَس نکھ شوٗبیا سوٗے
متہٕ ۔ نو موٗے دوٗرِ برٕ چھُے

تڑکرے ڈنڈ ژٔٹھ دَے
پاٹرٕ اَکھ تہٕ زٔژ چھَے ژٔے
میمُک درِ چھُے استادَے
متہٕ ۔ نو موٗے دوٗرِ برٕ چھُے

نیستاہ وُچھِمَے نَے
نَیہٕ نَے چھُ تیلان رُح
یوژتم ژٔے تہٕ وَنے تَے
متہٕ ۔ نو موٗے دوٗرِ برٕ چھُے

حضرت نو حسن پھو پھیر روے
وننس کاتھہ تہ رۄدُے سے
ہمن گے پیٹرے تہ واندرہے
متہ نو موے دۄرہ پچھے

انسانو کِنہ پیے در پیے
جنوکِنہ چھہ لجھ بدی رُح تہ
سوچھ کراں کران ہوراے
متہ نو موے دۄرہ پچھے

---

۱۔ زو (کامل صاٗب)
۲۔ وُچھکھ (ساقی صاٗب)
۳۔ نہ بوزم سابہ ونے (کامل صاٗب) تہ ساقی صاٗب
چھُ لیکھان بوزتم نہ ے تہ بو ونے
۴۔ رُح بدلہ چھُ کامل صاٗب کروہ لیکھان۔

# دٔییومس تہٕ دوٚپنم

دٔییومَس بالہٕ یارَس یآرۍ لاگوٚ
تمیٚ دوٚپنمَ بوزہٕ وُن چھُس کو یہٕ لاگوٚ

دٔییومَس بوزناوتَم چھُس یہٕ بَندٕے
تمیٚ دوٚپنمَ بوزہٕ وِنی گَیہٕ شرمندٕے

دٔییومَس یِژ کیا چھے تو کیہٕ گیری
تمیٚ دوٚپنمَ کرُون چھُس دستگیری

دٔییومَس لوٚ کیہٕ گیری کیاہ چھُ حاصِل
تمیٚ دوٚپنمَ یی چھُ حاصِل تی چھُ واصِل

دٔییومَس نوٚ کیہٕ اوس تہٕ آدِ کیتے
تمیٚ دوٚپنمَ با دِے تھاوَکھ ژٕ کیتے

دٔییومیس نوٚ کیہٕ عشقُن باو منٕے تیٚے
تمیٚ دوٚپنم پوٚ خیہٕ سَیدَ کھ عشقہٕ وَتیے

دَپیوٚمَس باوِتَم تٕہے پٔنُن آسُن
تَمۍ دوٚپنَم پان پٔنُن گرٛتھِ ہٹھر کاسُن

دَپیوٚمَس کیا چھُ اَندر کیا چھُ نیبَر
تَمۍ دوٚپنَم یی چھُ نیبَر تی چھُ اَندر

دَپیوٚمَس اَدٕ کتِھن چھےٚ تٕہنٛے مکان
تَمۍ دوٚپنَم گاہ چھُ آباد گاہ چھُ وٲران

دَپیوٚمَس کیٛتہٕ چھُ آباد کیٛتہٕ چھُ وٲران
تَمۍ دوٚپنَم اَمہٕ ستۍ چھُم کٲم نیران

دَپیوٚمَس کوٚنہٕ چھکھ پرواے گَنڈان
تَمۍ دوٚپنَم چھُس بہٕ پرواِیس تہٕ گَنڈان

دَپیوٚمَس جامہٕ وٕلنۍ چھی ترٛے پانَس
تَمۍ دوٚپنَم وِہ اَمکۍ چھی لامکانَس

دَپیوٚمَس لامکانَس کَتہٕ چھُ مقام
تَمۍ دوٚپنَم صُبحٕ نے تَتہٕ نے چھُ تہٕ شام

دٖیوٚمَس جامہٕ کٔتھ کِتھ چھکھ ژٕہ زنگان
تمہٕ دوٚپنم پھالوِتھ چھُم ہارٕ یوان

دٖیوٚمَس چھکھ ژٕ کُتِےٚ لاشریک
تمہٕ دوٚپنم تمہ گرِتھ چھےٚ میانٕ طریق

دٖیوٚمَس اتھ طریقس ہیہےَ زالگے
تمہٕ دوٚپنم ہرِ ژھیٚمَن سو رمہ لاگے

دٖیوٚمَس سو رمہ لاگِتھ کیا چھُ بہان
تمہٕ دوٚپنم پوٚز ژٕ اپزٕ اَدٕ چھُ ننان

دٖیان سو چھ کرالاُلفس ما چھےٚ بندی
چھےٚ پانس خداوندس خداوندی

# حأصِل درد محبت

واصِل کیا چھنے بناں کتھ
حأصل درد محبَت
کتھِ ستی چھنے بناں کتھ
حأصل درد محبَت

کتَن ییٚنہٕ گیٚم کتھ
وَنے کس بۄہ سوے حرکتھ
یَمنے شاہِ یینہٕ کتھ
حأصِل درد محبَت

شمَع دان شمع ہیٚتھ
پوٚنپُر آو کران گتھ
دوٚنوَے دٔدۍ تہٕ رۄدکیا پتھ
حأصل درد محبَت

آسمان موڑ زانُن کَتھ
یہ زمین مہ زانُن وَتھ[1]
وُچھان گرٔھۂ خدائے ہیتھ
حاصِل درد محبت

ییٚمی کھینٛہ سو نعمت
تمی زانٛی حلاوَتھ
چھنی کَتھ چھےٚ قیامتھ[2]
حاصِل درد محبت

سوچھ کرانِن یتٕہ بوز کَتھ
کَتھِ منز چھےٚ حرارَتھ[3]
چھُ سُے معتے کُمی کَتھ
حاصل درد محبت

---

۱۔ وَتھ (کامل صاب ۲۔ کھینٛہ کتھ چھےٚ قیامت (کامل صاب)
۳۔ کَتھِ منز چھےٚ حرکَتھ (ساقی صاب)

# منے چھُ مارِ موت چون یے

پیارِ چھمہٕ نٮ۪ندرِ لوان منے چھُ مارِ موت چون یے
آرِ کرِتہٕ کرِتھس یار از وۄلو سون یے

ہانزِ کرٕی کرٕی ہانزِ مولاگ کارِ زوٗنہٕ کاسم گرون یے
کمیو کارِ گاجتھس وۄلہٕ حال وُچھ میون یے

مان کُس کرِ ازل لٲنس پان میون گرتھ تولو نیے
ہا منے تو زونے مُول چھُ والان ازل لو نیے

اُلمہ پھُلیا درشن باغس منے ہا گوٗتھ درشن چو نیے
عرشس تہٕ فرشس منز خُدا چھُ بسہٕ وون یے

لیسَ چانین رونے برتَل تئ تھے تر اوے ڈیہ گونڈیے
گریتر مئے رئے ہیئیہ موبہ ہا کرے دایہ تون یے

زبتھ مئے لو گموزوس وسواس کُتھ کیتھ میون آسونیے
ہا ییتئے آیوس توری چھُم گرتھون یے

نبتگل کمی ستا سو نگل الماس تیو نگل تھو وتم للہ وون یے
تھر ہند گولاب کائی برچھُ گرتھ وون یے

اچھ وَلہ کے ہا اچھ یوشو گچھ کُنھ کرے وَتھ ون یے
ہا لچھ ناویو سو چھ کرائن ہا وَتہ وون یے

# ناو در آب تے آب درناو

جوٗیہِ منٛزٕ بُستھ چھُے دُریاو
ناو در آب تے آب درناو

یٚیِرٕ تھ ہٕترٕ میٚترٕ ستی لَدٕ نے آو[1] — تَس بیوٚو حضرتِ آدم ناو
گندم دانہٕ کھیوٚون سُہ وُدان دٔراو — ناو در آب تے آب درناو
کُلس اَکی ہے بچہِ ساس دٔراو — تِمَن لیکھتھ بیوٚن بیوٚن ناو
تِمہِ منٛزٕ اسمے چار یار دٔراو — ناو در آب تے آب درناو
نۆ قطرٕ بیوٚو عاتَس غان بیوس ناو — غان سیتیٚن محرم کوٚرن ٹاوٹاو
تِمہِ شیٚچھ منصوٗر مارہٕ آو — ناو در آب تے آب درناو

---

[1] یہِ چھِ تِم کینہہ مصرعہ یِم نہٕ کامل صابَس تہٕ نہٕ ساقی صابَس صوفی شاعرَس منٛز چھِ

یِمہٕ شایہٕ قلمن ترووے رَد   تمہٕ شایہ قلمس ژُٹھے زیو

لوچہٕ ہیٹ قلمس کیا کرِ گژاو   ناو در آب تے آب در ناو

ٹھوٗلے اندرے دژاو جوہر   نہ چھے تھ تو تھ تے نہ چھ تھ ترِ[2]

ہوٗ ہوٗ کراں تورے آو   ناو در آب تے آب در ناو

کھارِ واہ نار پایہ کتھ کنی دژاو   شیشتر کہٕ پینے لچھ بدی ناو

ہا نکل چھے کنی وَتہ مو راو   ناو در آب تے آب در ناو

یِمی سُندُے[3] وُلرتے تمی ستر[4] ے ناو   وولرس تہ داوس[5] چھُے کنی بساو

ژھین کرِہ بیس ناو چھس بساو[6]   ناو در آب تے آب در ناو

وَنکے دارتے وَتہ کے رَو   وَتہ سے شیشتر مو کلتھ گو

پانے پانس چھ ہوران داو   ناو در آب تے آب در ناو

لوکہٕ ہتر لاگنیہ مو برچاو   یُس کرِ گو نکل سُے کرِ کرِاو

مدَس سو چھ کرالہ ژکھ دِیے تراو   ناو در آب تے آب در ناو

---

۱ ساپہ (ساقی صاب) ۲ موے تھ تو تھ نے تھ پرٕ ہولے کران تورے آو (کامل)

۳ سُندُے (کامل صاب) ۴ آبس (ساقی صاب) ۵ تہ داوس (کامل صاب)

۶ ژھین کرِ لو یُس تہ داو چھُس بساو (ساقی صاب)

# رۆمبلس کیاہ وُچھ میے

یی منٛے وُچھام تی چھم دِلس

رۆمبلس کیاہ وُچھ میے

گوچھ یتنے ژالوس چِلس — ژھییہ ژھپیرے منٛے گیشٕد میے

گوچھ چھنے گامت میلتھ کُلس — رۆمبلس کیاہ وُچھ میے

کرتہٕ نظر کُتَڈس تہٕ گُلس — وُچھتہٕ دوٗر رٕہماچھُس موے

تۓ چھو ہر لوٗگ بُلبلس — رۆمبلس کیاہ وُچھ میے

تورے شاہ ییلہٕ ژاو ڈھولس — ہۆتہٕ اللہ تھٕ اوسیے

روٗح چھُ راوکھ تعٔبرتھ موصولس — رۆمبلس کیاہ وُچھ میے

راہ اوسُے تہٕ عزرائیلس — باخبر سُے اوسیے

پرٛاہ چھُ شانتس کران شِلس — رۆمبلس کیاہ وُچھ میے

زیروبم چھُے ڈولمُت وصولس — سِر لو ونے کَس باویے

وصوٗل کیا کرِ غارا صولس — رۆمبلس کیاہ وُچھ میے

میم شین چھے ویود وا اصلس — تے درجے پے دریئے
طے چھ کرتھ تتھ منزلس — روٗمبلس کیاہ وُچھ میے
سُہ مشتاق مالس پتہ موٗس — روٗدی کیتہ تم شتے طفیئے
زندہ رووے واتی مُلس — روٗمبلس کیاہ وُچھ میے

پیر موکھ واتروس اصلس
سیر زانیوم موے بہ موے
ژیر سو چھکرواله وونی کوربلس
روٗمبلس کیاہ وُچھ میے

---

۱۔ بیے (ساقی)

۲۔ راچھدر

۳۔ روح چھ راوچ پرتھ موصلس (کامل، ساقی)

۴۔ سِریہ اتے کس بادیے

۵۔ سوٗد (کامل) موٗد (ساقی)

۶۔ زندہ روٗدی واتی بلس (ساقی)

# خبر نو تھاوُ تم نہ کینہ

للہِ وان للہِ وان زولہِ یانی یاون
خبر نو تھاوُ تم نہ کینہ

پیرن طالبس کتھ بیٖلہِ باوُن
سیرس ستی لوٚگ پیرنے
پنٕنس مطلبس پیٹھ واتناوُن
خبر نو تھاوُ تم نہ کینہ

آبن آبہ تیش تن بیٖلہِ ناوُن
اَدٕ قالبس کیا بنیم مے
دوٚن آبن سر متر ملہِ ناوُن
خبر نو تھاوُ تم نہ کینہ

پَتّھُ پان پانَس پیّلِ چھاوَن
وَتھ دوٚگنیار ناہَرنی رٕژھِتھ
کیا ناہ ترٲوِتھ کیاہ شہلاوَن
خبر نو تھاوُن نۭۓ کیٚتۍ

تیٚزرٕ کھٔسِتھ گاہ چھُے تراوان
وُچھِم پیٚتھ بروٗنٛٹھ ڈیوٗنٹھم ہٕ کیٚتۍ
پی اَدٕ اوسُم تی اَدٕ پراوَن
خبر نو تھاوُن نۭۓ کیٚتۍ

بُجرٕ ہٕ لوچر میون کیٚتۍ تھاوَن
بجرٕ ہٕ سبزر کیٚتۍ وِتھۍ ہۓ
نرمی تے گرمی اَدٕ مُناوَن
خبر نو تھاوُن نۭۓ کیٚتۍ

مَنٛہ لِشتہٕ منصوٗر لولہٕ للہٕ ناوَن
اَن پیٚلہٕ پورُن لوٗگ وُڈتے
اَدٕ پرٕ ہٕ دارس کیٚتھ لدناوَن

خبر نو بھتا وتم پہ کیہنہ

دَم ہیتھ ڈری یاوے شر پراون
دریافت یمی کوڑے سُے زانے
زون سوَچھ کرالن ووند للہ ناون

خبر نو بھتا وتم پہ کیہنہ



---

۱ اَد وَنہ پہ قالبس کیا بہ ہے (امینِ کامل)

۲ دون خاین چھی سِر بلہ ناوُن (موتی لال ساقی)

۳ یوچھ پہ اوچر میون کتہ تھوُون (کامل صاب)

۴ گالن پہ اُتھ دارس لدِ ناون (ساقی صاب)

# ژے نا یاد روڈے کہنہ

بدکار پانو خود راہ دڑا کھو
ژے نا یاد روڈے کہنہ
تاوَن چھُ دُنیا یور کیا زِ آکھو
ژے نا یاد روڈے کہنہ

پُشتے پَدر پاُدیِلِ گوکھو
دَر شکم مادر ژاکھ
حال وَن حال کیا ماجِ یِلِ زاکھو
ژے نا یاد روڈے کہنہ

آبہ نارِ خاکہ باڈ آدم لدِنوُون
بِلِوَن کرِہس ذاتَن
واد دِتُمھ ڈاتن اَمہ مرِ ژاکھو
ژےّ نا یاد رؤدُے کیہتہ

وَنہ ونِہ دڑالوِس اَتھ اَزَل لاَئنس
سُے نو منےّ وَنے آم
ہا اَزل لاتیو سورکس دراکھو
ژےّ نا یاد رؤدُے کیہتہ

کرین پتنبن کرما کرَتو
ووگنبن روزتو شیے
ہابہی وچھتو تہی ما آکھو
ژےّ نا یاد رؤدُے کیہتہ

کھُٹھ بہٖ رۄُدُس ملک الموتَس
ژُٹھ سُہ تالو آم
ہا ژُٹھ تیٚونس کھوٚٹُے بہٖ دۄراسو
ژےٚ نا یاد رۄُدُے کیہنہ

خوٚدی ترٲوِتھ لاہوت پرٕ تو
سَرتو اللہ ھُو
اَدِ پاک سَپدَ کھ ہا نا پاکھ
ژےٚ نا یاد رۄُدُے کیہنہ

بے زان برتَل ہوٗن زِنڈۄلان
چھُم تو کانہہ ہیوان ناو
باعمل کم گےٚ نوٚن اَدِ دۄراکھو
ژےٚ نا یاد رۄُدُے کیہنہ

قُدرَژ تھِنے وُنی دِیہِ دڑالوِس
سوّدرس توّبمَس ہِ پیے
چھوّن لوّگمُ اہِ گھتوَن کیا زِ آکھو
ژےّ نایاد روُدُے کیہِنہ

کمیِنہ اَسِتھ زمِین لاگتو
شُمِتھ پیتو سورُے رِن
ہا سوَچھ کرالو پُڑھی لاز آکھو
ژےّ ناباد روُدُے کیہِنہ



## پاڈ کنہ گرشہ نا
# آدمی ذاتھ

پاڈ گوو یہ عاشق منوش چھو ذمی
پاڈ کنہ گرشہ نا آدمی ذاتھ

صاحب قدرژ چانہ چھے نہ کمی
فضلہ چانہ پاڈ گیہ ساری ذری یاتھ
گوڈ کوز معراج رسول اکرمی
پاڈ کنہ گرشہ نا آدمی ذاتھ

ماجہ پیلہ زالوس آسم بے غمی
اڈ کجہ زبانی تجم نہ کتھ
پوچھ ماسہ آسم شہری نہ گامی
پاڈ کنہ گرشہ نا آدمی ذاتھ

دُوٕہَر وٲتِھ اٍسم شیر خامی
پانٛژٕ وُہرِس لوٗگُم اَتے گَتھ
سَتہٕ وُہرِ شرُن سِتیٚ گینٛدُم سُمی
پٲدٕ کُنہِ گرٛھِ نا آدِمی ذاتھ

سَتہٕ وُہر وٲتِھ کرٕہَم بے رحمی
ہَتہٕ بُدی چوب بیٚیم ہوزِ بایَتھ
پَتہٕ لوٗگُم دبد بابہٕ کارس تہٕ کمی
پٲدٕ کُنہِ گرٛھِ نا آدِمی ذاتھ

دَاہ وُہر باہ وُہر سپیدیوس نامی
باہ وُہرِس آیَم نیتھرٕ کَتھ
ژوداہ وُہرِ بٲتھا گُم شامی
پٲدٕ کُنہِ گرٛھِ نا آدِمی ذاتھ

یَنداہ وُہر ہوُور دژاس بادٕمی
شرُہَس تام سور یوم ملے محبت
اَرداہ وُہرٕ گرس کرٕم موقدمی
پأدٕ کُتہِ گرٹھِ نا آدمی ذاتھ

وُہرِ وُہرٕ کار کیا کوٗرُم مَن ہمی
پٕنژہِ وہرس گأم شُرٕ تارٕ زسٕھ
ژٕہِ وُہرٕ عیال اوسن ہنگأمی
پأدٕ کُنہِ گرٹھِ نا آدمی ذاتھ

پوترِ وأرِس بحال روٗزٕ روٗسوٗمی
پوترِ وأرِس عیال کرِ خدمتھ
نے پوترُ حأران خورد عالمی
پأدٕ کُنہِ گرٹھِ نا آدمی ذاتھ

ژتجہٕ وٲتھ ووتھاں ژُمی ژمی

یَتر تاہ ہیٚرشن لۄر اَتھَس کیتھ

شیٹھ وُہرۍ نا ویوم ہمی نہ ییٚمی

یادِ کیٛنہٕ گرٹھ نا آدمی ذاتھ

ساس وٲنسہٕ وٲتھ مزارس ژمی

پاس پکہٕ کلمکُے شفاعت

کیا ؤرہٕ سوچھ کرال پانہٕ اوس ووٚمی

یادِ کیٛنہٕ گرٹھ نا آدمی ذاتھ



